

# Lokten Mokten Taarkan

(Poems and Stories for children)

*by*

**Lone Imtiyaz**

**Yousuf Jahangir**

**Tripple Zed Publications**
**ISBN :978-93-94372-11-5**



کتابہ ہنٛد ناو : لوکٹٮ۪ن موکٹٮ۪ن تارکن (شُرٮ۪ن باپت نظم تہٕ دلیلہ)
تخلیق کار : لون امتیاز (امتیاز احمد لون)
یوسف جہانگیر (محمد یوسف راتھر)
چھپن وری : 2022ء
کمپوزنگ : ساحل یوسف
سرورق : اظہار مُبشر
تعداد : 300
قیمت : 300روپیہ لایبیری ایڈشن : 400روپیہ

**کتاب میله :**

☆ سوکھٕ بل آونیرِ شُپینہ (7006566653)
☆ ٹرپل زیڈ پبلشرز واگھوم وتجبورانت ناگ کشمیر

# ناۄی

******

مرحوم ناۄجی منور تہٕ غلام نبی آتش سندی ناۄی
یم کاشرٕ شُری اِدبکۍ لوٗیس کرووٕل تہٕ خوشحال زیدی چھ۔

علم مےٚ چھُم سیٹھاہ پرُن
خزانہ عقلہ ہُنٛد برُن
مےٚ گٹہٕ زۆلے فنا کرُن
تہٕ گاشہٕ کُے ہلم برُن

گٔٹس ووں گاہہ کرُن مےٚ چھُم
لیٚکھُن مےٚ چھُم پرُن مےٚ چھُم

# فہرست

# پیشِ گفتار

وقتا اوس ییلہ شاعرتہٕ أدیب شُربن ہند باپت ادب لیکھنس کُن پزنہٕ پأڈھی توجہ أسی نہ کران۔لُکہ وۄ تر اوس کران کنہِ حدس تام امیٚک ژھربۍ تہٕ ژُھربۍ پوٚرٕ۔وارٕ وارٕ ہیوٚت کأشریوشأعروتہٕ أدیبوۍ ۱۹۴۷ءپتہٕ شُری ادبک ضرورت ژیٚنُن۔یوٚ تام شُربن ہندِ باپت کتابہٕ تہِ لچہٕ شایع سپد نہِ۔امہ برٛ ونہہ اوس باس لگان زِ شاید ما روزِ کأشر زبان شُری ادبہٕ رٔنگی ہمیشہ ژٔ ھرتہٕ چھیٚنۍ۔اما پوٚ زیہٕ منظر نامہ بدلوٕ۔ووٚنۍ چھنہٕ شُربن ہند باپتھ لیکھن والین گال گرٛھان۔ووٚنۍ چھنہٕ شُربن ہندِ باپت لیکھن وٕسی پایہٕ تخلیقی عمل مانہ یوان۔برٛتھ ؤریہ چھ یوان شُربن ہندخأطرزٕ زٕ ترٛےترٛے نوِ کتابہ شایع کرنہٕ۔ہُپأری ییلہ شُربن ہند باپتھ لیکھن والین ہنز حوصلہ افزأیی تہٕ عزت افزایی خأطر مرکزی وزارتِ تعلیم،ساہتہ اکیڈمی،راجیو گاندھی فاونڈیشن،بُک ٹرسٹ آف انڈیاتہٕ کتھاہ بیترِ تنظیمو ہندِ طرفہٕ بہترین کتابن ایوارڈ دنٕک سلسلہ تہِ شروع کرنہ آو زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ شأعرتہٕ لیٚکھن وألی گےٚ شُری ادب لیکھِنس کُن متوجہ۔واریاہ ادارٕ چھ شُری ادب لیکھنہٕ تہٕ لیکھناونہٕ باپت ورک شاپ تہِ منعقد کران۔اسہ چھ وۄنۍ واریاہ شُری ادب،ژھربۍ تہٕ ژُھربۍ رودنہٕ ووٚنۍ۔حالانکہ نوٚم حرف لیکھن وألی دیت گوڈ نچہ لٹہِ ساڈن ترٛبن ہتن صفن پیٹھ پھہلتھ ’’کأشر

شُری ادبک تواریخ ۲۰۲۰۔۱۹۴۷ ترتیب ۔یُس علی محمد اینڈ سنز پبلشرز سرینگر طرفہ شایع سُپد۔

وونی چھ لون امتیازن تہٕ یوسف جہانگیرن یکہ وٹہٕ رلتھ شُرٛن ہند باپت نٔو مگروٕکھر ڈاٗلیا تیار کٔرمژ۔یہٕ چھےٚ اٗہنزن نظمن تہٕ کہانٕین ہنز سوٚمبرن۔ناو چھُس '' لوکٹٕن موکٹٕن تارکن''۔نٔو چھِ یہ اٗسی تھےمگروٕکھر چھےٚ اِو سببہ زِ موضوع تہٕ ٹریٹمینٹ حسابہٕ چھےٚ امچہ کہانٔیہ تہٕ نظمہ بٔین کٔہیا نظمن تہٕ کہانٔین نش مختلف۔کہاٗنی کارن چھ دٔلیل طرزٕ تہِ ورتومُت تہٕ مکالمہ نگاٗری ہندوَل تہِ،سارٕوے کھو تہٕ خوش یُون عنصر چھُ یمن کہانٔین منز ووتلاونہٕ آمت سسپنس (SUSPANSE) کہاٗنی کار چھ یژھان اکو ہمہ صدی ہندس شُرس گوٚژھ بہر حال پرانس کلچرس ہوانواہس ستیٚ تہ پتھ کالس ستیٚ راٗبط روزُن۔سُہ گوٚژھ پرانٕن تہٕ ورتاونبر گاٗمتٕن چیزن متعلق زانُن،یم ورتاٗوتھ سانیو اسلافو نِو تمدنی تہٕ تہذیبی ترقی کُن قدم تُلیٚ متیٚ اٗسی۔چھنا ونان زِ نولِر چھےٚ پرانہِ نےٚ پرٕنٕن پٹھ تعمیر سپدان۔اوَے چھِ یتھ سوٚمبرنہِ منز پُلہ ہور،یٔٹ،الہ باٗنی،داٗنی تُل،پندر تہٕ راتہٕ موغل بیترِ افسانہ موضوعو تہٕ اسلوبہٕ کِنی وٕکھر۔یمہِ سوٚمبرنہِ ہنزٕ نظمہ چھےٚ خوش یونہ تہٕ مفید۔یمہ چھےٚ شُرٛن اخلاقی تربیت کرنہٕ کہ خیالہ تہ بالغ گژھتھ تمن اندر قدرتی ماحولس متعلق ذمہ داٗرٛن ہند احساس ووتلاونہ باپتھ لیکھنہٕ آمژٕ۔نظمن ہنز زبان چھےٚ سہل نظمہ چھےٚ رواں تہٕ نظمہ باٗگس

منز چھےٚ موضوعن ہنز رنگارنگی، اما پوٚز کینہہ نظمہ مثالے محمدؐ، آب، وبتھ چھےٚ ہنا طویل۔ کتابہِ ہند مواد تہٕ متن وچھتھ چھنا باسان زِ یہ کتاب چھےٚ لوچہٕ وأنسہ ہندٚن شُرٚن ہند خأطر۔ حالآنکہ امہ کوٚ تخلیق کار وچھنہٕ لوٚکھُتے زِ یہٕ مواد تخلیق کرنہٕ وزِ کمہ وأنسہ ہندی شُری چھ تمن نظرن تل اُسی متی۔ وُس گوٚ وامہ موادٕ نِش ہیٚکن داہ پیٚٹھ شُراہ وُری وأنسہ ہندی شُری تہِ مستفید تہٕ محظوظ سپد تھ، تہٕ تمہِ کم وأنسہ ہندی تہِ بلکہ کرن بالیغ تہِ لطف محسوس۔

مےٚ چھ یمہ کتابہِ ہند کمپوز کرتھ موٗلہ مسودٕ بڑ ونہہ کنہِ۔ ذأتی طور چھُس نہٕ بہٕ کوآتھرشپس (Co-authorships) تحت کتابہ شایع کرنک قأیل۔ أکی سے چیزس زِ خألق تہٕ زِ مأ لک آسُن چھ بڑ ونہہ کُن ادبی کیریرس منز بعض اوقات تھوس تہِ انان۔ باڈو بجن کتابن ہنز کتھ چھےٚ بدل مگر لوکچن کتابن متعلق چھنہٕ یہ جان روزان، تکیازِ مےٚ چھُ پانس امیک تلخ تجربہٕ۔ یہٕ آیہٕ منزی کتھ۔ لون امتیاز ن تہٕ یوسف جہانگیرن چھُ اکھ أکس پیٹھ پوٗرٕ اعتماد کرتھ نظٕمن تہٕ کہانٕین ہند یہٕ معنہ سوو، لوبہٕ وٗن تہٕ شوبہٕ وٗن مجموعہ تیار کرتھ کأشرس شُری ادبس شاندار تہٕ جاندار اضافہ کوٚرمت، امہ خأطر شوبہکھ میون مبارک تہٕ میأنی أہی۔

غلام نبی آتش

نأنل انت ناگ

# پٔنٕز کتھ

## شُری ادب، کر، کیاہ تہٕ کُٹھ؟

زبان چھےٚ خیالاتن، جذباتن، خواہشاتن ظاہر کرنٕک اکھ خالص انسأنی جبلی طریقہ یتھ اندر علامژن ہند رضا کارانہ استعمال سپدان چھُ'' یہ قول چھ مشہور انگریزی مأہرلسانیات اڈٕ وأرڈ سپنسر سند۔ مگر ییلہ أس وچھان چھ زبأنی چھ زٕ ترٛے طریقہ اکھ گوتحریری، بیا کھ گوتقریری تہٕ بیا کھ اشارأتی۔ اکھ شُر ییلہ ماجہ تھنہ پیوٚان چھ گوڈنکین دوٚن ڈاین ؤرین چھنہ یہٕ زبأنی ہندی گوڈنیکی زٕ طریقہ ورتاوس ہیٚکان أنتھ یمن منزٕ تس جسمأنی معمالات حأیل چھ یوان مگر اتھ ستی ستی چھ تس یوٚ ہے جسم سوٚ زبان ورتاونس منز پنن سورے پان آیت تھاوان یتھ اشاراتی زبان ونو۔ اشارأتی زبأنی پٔٹھ پیوم یاد زِیُہس ۲۰۲۲ ءٕ منز کوٚ رسأنی

ملکن آزادی ہندامرت مہااتسوس پٹھ یہ اعلان ز۲۳ستمبر گژھ عالمی اشارٲتی زبٲنۍ ہنددوہ مناونہٕ یُن۔اکھ نوزاید شُر تہٕ چھ اَتھی اشارٲتی زبٲنۍ منز تہٕ باوان یہٕ تِس باوُن لازمی آسہ۔مگراتھ ستۍ چھ اکھ شُر تم لفظ زبو ہندۍ ذٔسۍ وَنٕچ کوشش تہٕ کران یہٕ تِس یمۍ ژ ری جوراہ بوزان ووت۔

یم چھ آسان ماجہ ہٕندی بٲتھ ماجہِ ہٕند ونہٕ وٕنۍ یم سو تِس ژھوٕ پہٕ کرناونہ یا ساونہٕ باپتھ بوزناوان چھ۔ یمن ہُند چھُ سیٚد سیوٚ داثر اَمس شُری سندس ذہنس پٹھ پیوان تہٕ پنٕنۍ نقش ترٲوان۔امی ماجہ ہٕندی بولہٕ باشہٕ ستۍ چھُ شُر تہٕ پننہٕ ئبن بولن تانن حرکت ہیوان دِنۍ تہ سُہ چُھ کینہہ مخصوٗص آواز کڈتھ ہیکان۔ مِثالے غُوں ، پھُوں،،ما ما،،،بابا وغیرٕ تہٕ یئلہ یہ شُر گوڈنچ کتھ ہیٚچھان چُھ کرِنۍ سُہ چھِ "مما" ونان۔تہٕ یتھ پٲٹھی چُھ سُہ وارِ وارِ بوٗلُن ہیٚچھان تہٕ بوٗ زمُت سمجتھ ہیکان۔شُرس چھ گرکی بٲژ چیزن ہٕند ناووارِ وارِ یاد کرناوان مثالے بتہٕ،ژوچہ،دود،ٹافی،قلم،کتاب،یم چیز سمجتھ چھُ تسند دِماغ ووٕنۍ تتھ قٲبل بنان یُتھ سُہ یمن لوکٹین ہلکہٕ پھُلکہٕ چیزن ہٕندی ناوتہٕ تِمن ہٕنز خصوصیتھ پننہِ دِماغچہ لُغاتہ منز محفوظ ہیکہ تھٲوتھ۔یوتاہ یوتاہ اکھ شُر بوٚڈ چھُ گژھان تیوتاہ تیوتاہ چھ تسنزِ دِماغچہٕ ڈکشنری ہُند سایز تہ بڑان تہ تِس چھ زیاد کھوتہٕ زیاد یاد تھاونُک طاقتھ تہ ہُران۔یتھ جایہ ونویہٕ کتھ وثوقہ سان زِ یژھ اہ بڑٕ الفاظن ہٕنز

لُغات شُری سئدس ذہنس منز محفوظ آسہِ تیژاہ تیژاہ کتھِ تہٕ باقی چیز ہیکہ سہ بہتھر پأٹھی سمجتھ تہ بولتھ بقول پرٛوفیسر مسعود حسین خان''

چھ سال کی عمر تک وہ صاف تلفُظ کے ساتھ زبان بولنے لگتا ہے۔ اِسکے بعد اُسی منزل پر بچوں میں اَدبی شعور جاگتا ہے۔ اِسکے بعد فرہنگ، اِظہار بیان، اِصطلاحاتی علم میں اضافہ ہوتا رہتا ہے یہ چیزیں اَدبی نشونما میں معاون ثابت ہوتی ہیں۔ صوتیات اور جملے ٹھیک ہوجاتے ہیں۔ چونکہ اِس عمر میں بچے کو وزن اورعروض کا احساس ہونے لگتا ہے۔ اسلیے وہ منظوم ادب میں زیادہ دلچسپی لیتا ہے۔ اکثر دیکھا گیا ہے کہ بچے تک بندی خوب کرتے ہیں جب کہ انھیں اِس کا قطعی احساس نہیں ہوتا۔ بچے کی ذہنی صلاحت اس عمر میں واضع ہوتی ہے۔ اس کا ذہن تیزی سے خیالی دنیا میں پرواز کرتا ہے۔ اِس سب کے بعد بچہ اَگرکسی چیز میں دلچسپی لیتا ہے تو وہ خیالی کہانیاں ہیں''

وأنسہ ہندس امہ پتہِ کس دورس منز چھُ شرس منز سمأجی احساس پأدگژھان تہٕ تس چھُ یہٕ سوری دُنیا دِلچسپ باسنس ہتی ہتی سبٹھاہ خوش کران۔ شُری چھِ سارنی برونہہ گرس منز مول، موج، بینہِ، بأے، پہتر، پچھِنہِ بڑٕ بب، نأنی

تہٕ باقی لوکن ہنٛد اثر رٹان تہٕ سُہ چھُ یمن منٛز دلچسپی نوان۔ اکثر چھُ سُہ ووٚنی یتھ قٲبل آسان زِ سُہ چھُلۍ رڈ کھر آوِتھ تہٕ ژاس گرتھ بُڈبس یا نانہ ہندس بجرس نقل کران۔ سہُ چھُ ووٚنی بڈٕن ہند نقل زیادے کران تہٕ سارنی بٲژن ہند توجہ پانس کن پھران تہٕ بیٚیہ یہٕ ہاوتھ دِوان زِ تس چھُ ووٚنی یم پٔنٕنۍ، ووٚپر، بوٚڈ، لوکٹ، ماحول تہٕ سماج تہٕ ستۍ منسلک رشتہٕ ذمہ دٲری تہٕ باقی کامٕن ہند احساس دوان۔ یتھ عمرِ تام واتنس تہٕ یہٕ سۄرُی سمجنس منٛز چھِ تسنٛز ماجہ زبِو تس دوٚدِ ماجہ ہندی پأٹھی ذہنی نشونما تہٕ زبٲنی ہنٛز شیر پأر کران۔ یتھ ماجہ زبِو کُن ازسٲنی قلمکار، سٲنی شاعر، سٲنی أدیب کم کاسہ ظون چھِ دوان۔ ماجِرِی زبٲنی ہنٛز أہمیژ متعلق چُھ ای ھاگن لکھان۔

'ماجہ زبو مشٔرتھ بیٚیہ کنہ زبٲنی منٛز تعلیم دِنی گونہ صرف روپٕین
ہُندی یوٚت خسار بلکہ پٔنٕنٛز شُری اَکہِ تمہ زبٲنی ستۍ بٕمار کرِنی
یوس نہٕ تمن پٔنٕنٛز تہٕ چھےٚ'

مدعا مقصد چھِ یہ زِ وَتھ چھےٚ کُنی تہٕ سو گیہٕ پٔنٕنٛز مادری زبان پھاپھلاوٕنی یہٕ زن فن لینڈن گُنو ہمہ صدی منٛز تہٕ اسرأیلن ووہمہ صدی منٛز کوٚر۔ مطلب چھ یہٕ زِیمو دو یو ملکو سمجھ ماجہ زبہٕ ہنٛز أہمیتھ تہٕ روٗدی تتھ پٹھ ثأبتھ قدم۔ یمہ ستۍ تہند بٕن مُلکن ہنٛز ادبی، سمأجی، کامٕن ووتھِ واشرلوٚگ۔ تموہیوٚک پٔنٕن ملک،

پُنن سماج، پُنن تہذیب ،پَننہِ کلچرچ أہمیتھ سمجتھ تہٕ بہتر پأٹھی رٕژھرِتھ۔ماجہِ زبو ہنٛز أہمیتھ تہٕ اِفأدیژ کُن پیٚوظون اوٚ موکھ پھرُن تہٕ کیازِ اکثر مأہرن ہنٛز رائے تہٕ خیال چُھ یہ زِ أکس شُری سُند ادبی حس تہٕ پوچھر چُھ تِس پننہ ماجہِ زبو منزی بہتر پأٹھی لگان۔ فلاسفر بنجمن فرٛانکلن لیکھان۔

''مے دیوأ کس شُری سندی گوڈنکی پانژھ وٕری تہٕ پتہٕ ترأ وو پانہٕ پھر بکھ''

تسند ونہٕ نک مطلب چُھ زِ یہ ہیچھنا وکھ تہٕ سمجھاوکھ تم پانے تہٕ سوٚ ری یہ تمن خاطرِ لأزِمی چُھ۔فرانٛکلنس چُھ شُرِ بن ہنٛز نفسیاتک سبٹھاہ سوٚ ن علم توے چھ سہٕ بس تہٕ ماجہٕ لوٚب روزنک مشور دوان۔یتھنے ہو بن مأہرن ہُند وُنن چھ زِ پانژھ وُہرس تام شُرِ بن ہنٛزِ عمرِ چھنہٕ پرٕنٛچ لیکھنٕچ بلکہ بوزنٕچ تہٕ وُچھنٕچ آسان۔ پانژھ وُہرِ پتہٕ أٹھ وُہرس تام شُرِ بن ہٕندِ باپتھ چھ لوکچہٕ لوکچہٕ ڈلیلہٕ یمہٕ زبأنی کنہٕ سبٹھاہ سہَل آسن تہ کیازِ شُرِ بن ہٕندس دِماغس منٛز چھنہ الفاظن ہنٛز لوغات تیژاہ بڈ آسان یتھ یم چیز تم سمجتھ ہیکن۔یتھ وأنسہ منٛز چھ صرف شُری یمن ڈلیلن أنزی مٕنزی گژھان۔امہ بدلہ چھ شُری با تصویر کتابہٕ زیاد پسند کران۔ عُمر ہٕندس اتھ دورس منٛز چھ یمن نِش یہُند دُنیا صرف پنُن گرٕ تہٕ تتھ منٛز روزَن وألی گرِکی بأژ۔شُرِ بن ہٕندس اَتھ محدوٗد دُنیاہس منٛز چھ گرس منٛز روزن وألی یے لُکھ یمن بوٗزناونہٕ ینہٕ واجنبن ڈلیلن ہٕند ہیرو Hero یا وِلن Willon

باسان ۔شُرِ ی چھِ بوزمٕژن دٕلیلن ہٕندٮ۪ن کردارن پنٕنۍ گرِکٮ۪ن بٲژن ٮ۪ستۍ ہشر دِتھ سمجھان ۔تہٕ کیازِ گرِکٮ۪ن بٲژن بغٲر چھُنہٕ یہندس دماغس منٛز بیٚیہٕ کٲنسہٕ زمینی ،آسمٲنی ،فِطری ،یابالافِطری شخصس ،جایہ ،جانورٕنز تصویر آسان لیس تِم زانان یا سمجھان آسن ۔شُر یٕو تاہ بوٚڈ گژھان چھِ تس چھےٚ یمن بٲژن علاوٚبیہ کینژن چیزن ہٕنز ہٲل گژھان ۔مثالے گرس منٛز اژن وٲلس ہٕیارِس ،ہوٗنس ،کاوِس ،بُلبُلس ،کوکرس ،گاوٕ یا کُنہ تتھس تومس ہٮ۪ستۍ یتھ سہُ گر گندان آسہِ ۔ووٗنی چھُ سہُ سمجھان زِ کُس چیز چھُ تس پُنن تہٕ کُس چھُس پرُد ۔تس ییٚلہ اکہ دوہہٕ یہٕ فکرِ چھُ تران زِ ہٕیو رہون ،کوٗتُر ہیو جاناوار چھِ نہٕ تسندی دُشمن یا یمو نِش چھُنہ تس کانٛہہ خطرسہُ چھُ یمن ہٮ۪ستۍ گندان تہٕ پنٕنہِ پسند ہند ووکھُر اِظہار کران ۔

ٲٹھٕ ؤرشہٕ وٲنسہٕ تام وٲتتھ چھُ سہُ ووٗنی اتھ قٲبِل آسان گوٚمت زِ تس چھِ ووٗنی کاوکاٗکنۍ ،بشتہٕ ہٕیٲرٕنز ،شالہٕ کاٗکنۍ دٕلیل کَم کاسہٕ فکرِ تہٕ تران تہٕ سہ چھ یمن نِش لُطف تہٕ ہٮ۪کان تُلِتھ ۔یتھ وٲنسہٕ منٛز چھِ شُری نانہِ ،بٔڈی بٔبس زیادے لٲری روزان تہٕ کیازِ تمِ چھِنا تمن ووٗنی میچھِ تہٕ مزٕدار دٕلیلہٕ بوزناوان ۔عمرِ ہُند یہٕ حصہ چھِ تمنِ یتھ دُنیاہس متعلق زیادٕ سوچناوان تہٕ اوموکھ چھنہ شُرٮ۪ن ووٗنی دٕلیل بوزنہٕ بغٲر نندر پیوان ۔

ڈلیلو بغاًر چھِ شُری ووٚنی تم بأتھ تہٕ سبٕڈھاہ پسند کران یمن منٛز الفاظن ہُند تکرار آسہٕ۔مثالے

۱۔ Twinkle , Twinkle, little star,
How I wounder, what you are !
up above the world so high!
Like a Diamond in the sky !

یا

۲۔ چندا ماما دور کے........پوے پکایں بور کے
آپ کھایں تھالی میں......منے کو دیں پیالی میں
پیالی،گی ٹوٹ......... مُنا گیا روٹھ

یا

۳۔ بشتہ بشتہ بیٚاریو کھوٚت کھوون
تورِ کیٚو وولتھ ببرے پن
سہٕ کمن ٹرووتھ کوترن
کوتر بیٹھی مارکن
زۄن چھےٚ گندان تارکن

شُری چھ یتھ دورس منٛز دلیلہ سبٕڈھاہ سنجیدگی سان بوزان تہٕ سمجھنچ

کوشِش تہ کران۔ یمہ دورِ کس شُری اِدبس منٛز یوٚ دوے أ کھِتھ مأ کھِتھ ڈٕلیلہٕ یا وارِ یاہن کردارن ہنز رلہٕ ملہٕ گَتھ تہ بوزناوکھ شُری چھ تتھ منٛز تہ دلچسپی ہاوان۔مگر ووٚنی چھنہ یہٕ تگڈم بأزی چلان بلکہ گرٛھ ووٚنی تھنز ڈٕلیل مکمل تہٕ بیہٕ گرٛھس تسلسل آسن۔تہِ کیازِ ووٚنی چھٕ تم تتھ سٹیجس پٹھ آسان زِ اگر تمن وَننہٕ ییہٕ ''تلا گوٚ براملہ بوٗزناوراتچ ڈٕلیل''شُرٕ چھ ہو بہ ہوسُے اندازِ بیان ورتاوَس أنتھ تتھے پأٹھ دلیل بوزناوان یتھ پأٹھی تمی سو بوزمٕژ آسہ۔یوٚ دوے زن تس اڑٕ کوٚ لیے آسہِ گرٛھان۔گوڈنکہ دورَکس شُری ادبس منٛز چھےٚ شُری ادبٕچ یہ سبٹھاہ أہم خأصیت زشُری ادب چھ خیالن تہٕ بٔنی بنأوی ڈٕلیلن تہٕ کرِدارن پٹھ ڈٕ رتھ ۔شُری چھٕ شکلن زیادٕ سٕنتھ گرٛھان دلیلہ ہٕندس پلاٹس نسبت۔مگر ووٚنی چھ شُری خیالہ کھوتہٕ فطرتس منٛز دلچسپی ہاوان۔ بقولِ خوشحال زیدی

> ''جن کہانیوں کا تعلق زندگی اور روزمرہ کے تجربات، حادثات سے
> ہوتا ہے۔ بچے اُن میں زیادہ دلچسپی لیتے ہیں۔ اِس عمر میں بچے کی
> نشونما فطرتاً بہت تیزی سے ہوتی ہے۔ وہ اشخاص میں دلچسپی
> لینے لگتا ہے۔لوگ کیا کھاتے ہیں۔ کیا کرتے ہیں۔ کیا پہنتے ہیں
> ،اُنکے آداب، اَطوار، کرِدار اور اَفعال میں بچہ بہت زیادہ
> دلچسپی لیتا ہے۔''

یتھ عمر منز چھ شُری باقی لوکن نقل کران، کاٹون شو وچھان، تم ڈرامہ، فلمہ زیاد پسند کران یمن منز خاص کرتھ ہیرو بالافطری آسہ، غأر معمولی طاقتن ہند مألک آسہِ۔ عمرِ ہندس یتھ بأگس منز چھ شُرۍن سایکل چلاون خوش کران تہٕ کیازِ یمن چُھ باسان زِ أسۍ تہِ چھ ہوہس منز وُڈان۔ شُری چھ کنہ چڑایہ وستھ نرِ ترا وان یلہٕ زنتہ جاناوار آسن۔ شُرۍن چھ اوٗ بُر خوش کران تہ کیازِ تم تہ چھہٕ کولو ،بالو تہٕ سمندرو پیٹھ پرواز کرنی یژھان۔ شُرۍن چھہٕ دِل ونان جنن تہ پُرین ہٕندی پأٹھی ہوہس منز پکھ لأگتھ وُڈُوکرن۔ یم چھ سبٕٹھاہ طاقتور یژھان بنٕنۍ تمن ڈرامأیی کرِدارن ہٕندی پأٹھی یم بدی پیٹھ نیکی ہُند غلبہٕ تراوان چھہٕ ہاونہٕ یوان۔ مِثالے شکتی مان (اَکہِ مشہور ڈرامہک ہیرو یُس ڈی ڈی چنلہٕ پیٹھ ۲۰۰۶ ءمنز ہاونہٕ یوان اوٗس)۔ یتہِ اوس اکھ Extra ordinary کردار۔ یہٕ اوٗس شُرۍن سخ ٹوٗٹھ۔ اَتھ ڈرامہس منز یم بالافطری منأظِر ہاونہ یوان أسۍ تمن ہُند نقل ییٚلہٕ اکثر شُر بوگرِ کوٚرتہٕ تم چھوکہ دأدگیہ تہٕ اچھ شپچھ ییٚلہ اخبارو تہٕ ٹی، وی ذٕسۍ شکتی مان یعنی ''مکیش کھنہس'' تام وأژتمی کوٚر شُری امہٕ نِش مُچھ تھانہ خأطرا کھ طریقہٕ واضح۔ تمۍ دیٚت ڈراما موکلِتھ یانژن منٹن شُرۍن اَکھ پأغام'' زِ یتھ ڈرامہس منز یم منأظر ہاونہٕ یوان چھہٕ تم سأرِی چُھ اپزی تہ چھکھ نہٕ حقیقتس سٟتۍ کانہہ تہ واٹھ۔ لحاظ ٹاٹھو بچو تو ہیہ مہ اَسو تمھن منظرن ہُند نقل مہر بأنی

کٔرتھ گرِ کرنچ کوشش کران ۔ تہِ کیازِیمہِ ڈرامہٕ چ عکس بٔندی چھنہٕ حقیقتس پیٹھ مبنی''۔ وٕنِن اوٚس ژٕ کہِ یہٕ زِ شُری چھِ خیأ لی Fantacy ۂندس دُنیہس منٛز زیادِ روزن پسند کران۔ شُربن چھِ یمن ڈٔلیلن ، کرِدارن، فلمن تہٕ ڈرامہن پیٹھ پژھ ،یقین تہٕ چھِ یمن وارہس حدَس تام پٔزی مانان۔ شُری چھ یمن ڈرامہن، کارٹون شُون تہٕ فِلمن منٛز تیژاہ دِلچسپی نوان زِ شُونگنس دوران تہٕ چھِ یم یَمن کردارَن خابن منٛز ؤچھان تہٕ لُطف تُلان ۔ میٚے چُھ پانہٕ وارِ یاہن شُربن یمہِ کَتھ پرژھمٕژ تہٕ شُربو چھُ سبٹھاہ اسان اسان تہٕ جذبأتی اندازس منٛز یمہ کتھ ہنز باوتھ کرمٕژ زِ تم چھِ ہواہس منٛز وُڈن تہٕ بالافطری کردار تہٕ طاقت یژھان۔

دۆیمہ طرفہ چھِ شری یتھ وأ نسہ منٛز نثری ادبہ کھوتہ منظوم ادب زیادٕ پسند کران۔ تہِ کیازِ اتھ چھےٚ اکھ لےَ آسان تہٕ چھُ گوٚنہٕ یوان۔ تہٕ یُس چیز گوٚتھ بوزنہٕ یِیہٕ سہٕ چُھ عام پأٹھی نہ گوٚنہ ینہ والہِ چیزٕ کھوتہ زیادٕ بہتر پأٹھی یادٕ وُترس منٛز روزان۔ یُتھ چیز چُھ لوکٹن کوٚبڈٕ بن دوٚشوَنی خوش کران۔ نثری ادٕبس منٛز یمٕ ڈٔلیلہٕ شُری بوزان چھِ تمِ تہِ چھِ تمِ پسند کران مگر بقولِ پرٛوفسر معین الدین :

''دلیل گژھہٕ آخرس پیٹھ تتھ پأٹھی اندواتنٕ زِ شُری گژھن خوش گژھنِ حأرتس پینٕ نتہٕ گژھکھ دلیل تجُسس پأدکرنٕ''

عمرٕ ہٕندِس یتھ دورس منٛز چھ شُری پٔنٕنس أندی پٔکس منز تہٕ دلچسپی ہاوان۔ مثالے سہٕ کتھس ہوس گرس ستی چُھ تعلق تھاوان، تسندس گرس کُس درجہٕ چھ تسندس گامس محلس منٛز، مأِلس ماجہ منز کیوٗتھ رشتہ چھ وستوار، صورٕژ کٔنہ کیوٗتھ چُھ سہٕ، لکھ چھالس پسند کران، تسُند پوشاک چھا تسندس درجس ہیوٗ وغأرٕ۔ وۄنی چھ اکھ شُر تتھ جایہٕ کھڑا آسان ییٚتہٕ نس لس مأِلس ماجہ دبہٕ ببہٕ سٕنز رۄأتی ڈٔلیلہٕ چھنہٕ زیادٕ خوش کران البتہٕ چھ شُری وۄنی تتھ قأبل آسان گأمتی زِ تم پرن پانہ تہ کینہہ یُس تمن من رٹہ۔ تہِ کیازِ تمن چھ وۄنی پٔنُن پان خودمختار تہٕ آزاد باسان۔ یمن ہُند دمٲغ چُھ وۄنی تتھَ سوٚتھرس پیٚٹھ آسان وۄتمت زِ تم سمجھن پانہ تہ کانٛہہ کتھ وۄنی ٹھیک پأٹھی۔ تہٕ ہٕکن پانہ تہ ادبس متعلق کانٛہہ تیوٗتھ قدم تُلتھ یتھ منٛز تمن پَننہِ پسند ناپسندِ ڈٔلیلن یا کِتابن ہُند اِنتخاب کَرنُک طاقتھ چُھ باسان۔ تتھ چُھ اَکھ وجہ یہٕ تہِ آسان زِ تہندِ دمٲغٕچ ڈکشنری ہُند سایز چُھ وۄنی بَڈ یوٗمُت آسان تہٕ بَڈٕ آنی روزان۔

۱۲ اوُہرِس تام واتان واتان چُھ وۄنی یِم سأرسی ادبس تھٕچھ دوان۔ زیاد زیاد پرٕنٛچ تہ زیاد زیاد زانٛچ کَل چھےٚ ہُران تہ اَتھ طُفانس منٛز چھ یِم غلط ادب تہِ پُرن لاگان، یتھ وأنسہ تام واتاں واتاں چھ تمن اندر سٕہ جنسی بیأِلی پھوٚل کوٚٹ (تر) ہیوٗان کڑُن یُس از تام معصومیتچہِ میٚزِ منز دبرتھ اوس۔ یہ چھ سہ اکھ

قدرتی نظام یتھ نہٕ کانہہ ہیٚکہ رکاوتھ۔ بقولِ خوشحال زیدی

’’۱۴ سال کی عمر تک بچے کی شخصیت اور اُسکے کردار کی نشونما
میں اِس ادب کا پورا ہاتھ رہتا ہے۔ جو بچہ پڑھتا ہے عام
طور پہ ایسی نظمیں اور قُصے ِکہانیوں یا مضامین کو لوگ زیادہ
اہمیت دیتے ہیں۔ جن میں پند و نصیحت ہو۔ عمومی خیال یہ ہے
کہ وہ اخلاقی قدریں جو کسی قوم یا طبقے میں رائج اور داخل ہوتی ہیں
اُن کو اسطرح پیش کیا جائے کہ اُنھیں بچے دَرس کیطرح پڑھیں‘‘

خوشحال زیدی صأبنس یتھ ونہٕ وُنس ہیتی چھُنہ مےٚ اتفاق زِ یتھ عمرِ منٛز کیا پٲرن شُری زیادہ وعظ و نصیحت واجنہٕ دلیلہٕ یا نظمہ۔ بلکہ چھِ یتھ عمرِ منٛز سبٹھاہ زیادہ حصہ تمہ ادبک آسان یُس فحش آسہ۔ عمرِ ہٕندس یتھ دورس منٛز چھُ شُربن ہنٛز جسمٲنی نشونُما سبٹھاہ زیاد تیزی سان بڑان خاص کٔرتھ بالیدگی ہُند یمہ سببہٕ مےٚ گوڈے وۄن زِ اتھ عمرِ منٛز چھِ شُری سارسی اَدِبس تھپہٕ دوان۔ تمن چھُنہ پننہ معیارُک اَدب میلان تہ یہ کم کینژھا میلان چھُکھ سہُ چھُکھ نہٕ پَننہ ذٔہنچہ کھوچہ پیٹھ وُترِتھ ہیٚکان تہِ کیازِ شُربن ہُند اَدب چھُ واریاہ کم لیکھنہ یوان تہٕ یُس لیکھنہ یوان چھُ سُہ چھُنہ معیارک تہٕ تم ضروریاتہٕ چھُنہ پورٕ ہیٚکان کٔرتھ یِمہٕ شُربن ہند ذہن منگ چھِ کران۔ امہ وقتہ چھِ شربن ہُند ذہن تمہِ کھوتہٕ

رٕ تھٕ منگ کران آسان یہٕ تمن برنہہٕ کنہِ دستیاب چُھ آسان۔ پننہِ ضرورِیاتہٕ پوٗرٕ نہٕ گڈھنہٕ سببہٕ چھٕ شُری دۄ چھن کھوُ راتھہٕ ماران۔ تہٕ تمہِ وقتہٕ یہٕ تمن اتھہِ لگان چھٕ تم چھٕ تہِ پران۔ اَکثر چُھ شُربن امہِ وزِ غلط اَدب اَتھس منٛز یوان تہٕ تم چھٕ سُہ بےٚ واے پأٹھی پران۔ اَمہِ وقتہٕ چُھ یموا کہِ طرفہٕ جوانی ہٕندس نارَس منٛز قدم آسان ترٛ ومُت تہٕ دۄیمہٕ طرفہٕ فحش لٹریچر اَتھس منٛز یُن چُھ یمن گرم مزاجس شبنم سأوی کران۔ یم چھنہٕ اَمہ ورأے پتہٕ بیہ کنہ سنجید گی سان نوان۔ بالیغ ادب یتہِ تمن وقتی طور ذہنی سکون دوان چھ مگر دوراندیشی منز چھ اتھ واریاہ خطرناک نتیجہ۔ یہٕ چھنہ پزی سکون بلکہ چھُ بےسکونی ہندسہٕ ڈنبل زمین یتھ منٛز وسته تم بون گُنی ؤستھ چھٕ گڈھان۔ یتھ پأٹھی چھٕ یہ کتھ أدیبن تہٕ قلمکارن ہٕندس ذہنس تہٕ فہمس وُتش تہٕ اکہِ کرٕزلی مُستقبلچ ژینہٕ وَن دِوان زِ تمن پزِ بیدار گڈھن نتہ پیہٕ نبسر۔ أدیب تہٕ قلمکار یم سماجکی حساس ترین لۄکھ چھ یِیلہ نہٕ تمے لکھن باقین ستہٕ کُس توقع تھاوو۔ ادیب تہٕ قلمکاریٚو تام نہٕ اور کُن طون دِن توٚ تام ہیکہ نہٕ تہند منشہ تہٕ مُدعا پور گڈھتھ۔ شُربن ہٕندس اَتھ ڈمبس منٛز وسنس تہٕ سُکون ژھارٕنس متعلق چُھ موہن داس کرم چند گاندھی ونان۔

"فحش لٹریچر کی خصوصیت یہ ہے کہ پڑھنے والا فحش سے فحش تر کا طلبگار ہوتا ہے"

شُرِ ادبُک وصف: ازتام یُس تہٕ شُرٕ بن ہُند ادب کأشرزبأنؠ منٛز لِکھنہٕ آمُت چُھ کانٛہہ تیوٗتھ معیار چُھنہٕ تھاونہٕ آمُت یمہِ کِبن اُصولن تابع روٗزِتھ یہ ادب تخلیق سپد ہے۔ شاعرو، دلیل گریو، افسانہ نگارو، ڈرٛامانویسو یا ناول نگارو یہ لیوٗکھ یہٕ ؤچھنے زِ اما شُرٕ بن ییا یہٕ پسند تہٕ کنہ نہ۔ تموٗ چُھ صرف شُرٕ بن ہٕنٛد ادبک پہلو تہ پننہ قیاس آرأیی پیٹھ کوٚرکھ یہ فاصلہ زِ تہُند یہ لیوٗکھمُت ییہٕ شُرٕ بن پسند۔ لکھأریوٚ یم دلیلہ لیچھٕ تم آسہ پرٛأنسی طرزس پیٹھ مثالے "گگرٕ سٕنز ڈٕلیل، کھٕرِ ی سُند پادشاہ بُنن، واندرسنز شیطأنی، ہہہ تہٕ خریا پند ونصیتچہٕ کتھہٕ تہٕ حُبی الوطنی ہٕندی بأتھ۔ یمو علاوہ ہیکہ نہٕ سانیوٚ لِکھاریوٚ بُڈی موضوع کأشُرزبأنؠ منٛز وپرٛأوِتھ یا زمانس ستۍ ہیکہ نہ تم مان کرِتھ۔ اتھ کتھ باپت چھ یہٕ خبر لازمی زِ کأشُر زبأنؠ ییتھ ساسہ بٔدٕ بن ورین ہندتوٲریخ ڈکھ چھُ تتھ منٛز چھنہٕ شُرٕ بن ہند باپتھ اکھ رسالہ تہٕ ازتام چھاپ ہیوکمت سپدِتھ، اکھ کامِک(comic) کتاب چھنہ چھاپ وانہ کھٕرٕنمٕژ۔ یتھی پأٹھی زن انگریزی تہٕ کم کاسہ اُردوزبأنؠ کرِتھ ہیوٚک۔ شُرٕ بن ہٕنٛز نفسیات یوٚ دوے ہشی چھےٚ تیلہ تہٕ چھنہ انگریز تہٕ کأشُرٕ بن شُرٕ بن پانہ وأنؠ بظأہر کانٛہہ فرق۔ تیٚلہ ونو زِ کأشرِ شُرِ تہٕ ژھارٕ بن تمہِ کھوتہٕ بدل تہٕ جان یہٕ تمن مویسر چھ یا سپدِ۔ شُرٕ بن ہُند ذٕہن چُھ ہمیشہٕ نوٚو تہٕ نوٚبر ژھاران تہ کیا زِ یوٗتاہ بوٚڈ دنیا چُھ تمن نِش انزان، تہٕ تم چھِ اتھ متعلق زیاد کھوتہ

زیاد ہمیشہ زائن یژھان، یہِ زن تہُند حق تہ چھ۔

اتھ سفرس منز چھ کأشر زبان کنہ حدس تام کامیاب باسان۔

ساہتہ اکیڈمی نٔو دل چھ بہترین شُرٕ ن ہندس ادبس پرٕ تھ ؤ ریہِ ینامہ دوان یہِ سلسلہ گوٚو ۲۰۱۰ ء منز شروع۔ یتھ منز امہٕ ؤ ریہِ ابس راضی ’’کتھ ونے‘‘ شعر سوٚمبرنہ پٹھ یہِ انعام رٹان چھِ امہ پتہٕ چھ یہِ انعام غلام نبی آتش سنز کتابہ ’’نوٚ وکینژ ھامینژ ھا‘‘ یتھ منز شأعری تہٕ نثر دوشوے چھ، امہ پتہٕ گُلالن شادمأنی ’’ ایوب صأبر، سنز شعر سوٚمبرنہ ’’گُل تہٕ بلبل‘‘ رشید کانسپوری سنز ابسے تہٕ شأعری، ’’ہارِ جنگ‘‘ حمید سراج سنز ناول، ’’گُلو کتھ بوزو‘‘ نعیم کشمیری سندی افسانہ، شُری باشہٕ‘‘ روحی جان سنز دلیلہ، ’’جگر کھونٹ‘‘ شوکت انصاری سنز شعر سوٚمبرن، زریف احمد زریف سنز ’’چھانچھ پوت‘‘ شعر سوٚمبرن، ناجی منور سنز ’’ شرٕن ہند نأجی‘‘ شعر سوٚمبرن، ’’ پکھچ آش‘‘ سعید اختر حسین منصور سنز شعر سوٚمبرن، مجید مجازی سنز ’’پھلے گُلن ہنز‘‘ افسانہ سوٚمبرن، تہٕ ۲۰۲۲ ء منز قمر حمید اللہ سنز ’’ڈألی‘‘ شعر سوٚمبرن شأمل چھےٚ۔ یمن کتابن علاوٕ تہ چھ پرٕ تھ ؤ ریہ کتابہ چھپان یمن منز گُل وارِ ہندی رشید کانسپوری سنز بیاکھ کتاب چھِ تماشہ بُل بٹھ‘‘ یہِ کتابہ چھےٚ محمد شفیع وانی سنز یُس اکھ رسأرچ سکالر چھُ، پھولونی ٹور چھ بیاکھ اکھ کتاب چھ ڈراماہن ہنز یوس اشرف دلدار سنز چھےٚ، پھلے پوشن ہنز چھ

بیا کھا اکھ کتاب شُرٕن باپت یوس غلام نبی فراق صأبنٕز چھے۔کأشر دلیلہ ناوچ بیا کھا اکھ خوبصورت کتاب چھےٚ غلامحمد خان سنز ،گالن کیوت'' ناوچ کتاب چھےٚ عبدالرشید شیخ سنز یموکینٛژن انگریزی افسانن ترجمہ کورمت چھ،۲۰۲۱ منز آیہٕ شُرٕن باپت اکھ خوبصورت ''شُری تہٕ چُرگیوش'' یہٕ افسانہ سۆمبرن چھ اظہار مبشر سنز یَس کتھ وننک اکھ خوبصورت انداز چھ۔اتھ کتابہ پیٹھ چھ ڈاکٹر ستیش وِمل لکھان ُیہِ افسانہٕ سومبرن چھےٚ ہرِدکالس منٛز سوچنٕچ شچھ۔یہِ شچھ وُزناوِگلہ ٹوٗرٕن منٛز خوفتہٕ اورِزویہِ تہٕ تِمن برٚ ونہہ کنہِ ؤ ہراوِتتھ کینٛہہ دفتر،یتھ تِم ووسہٕ یِن تہٕ وولسنہٕ تہِ۔أتھی وولسنس منٛز ژینن تِم غأرشعوری طور واریاہ تیٚتھ کینٛہہ، یہِ تِمن کُیت کارآمد آسہِ۔یتھ سومبرنہِ منٛز چھےٚ تِژھہٕ کینٛہہ ڈلیلہٕ یمہٕ شُرٕن ہنٛز دلچسپی ہُند بأعث بنن۔

یتھ جایہٕ یہ وننہ نک غرض چھ یہ زِ ادب ییتہ اسہ اکہ پاسہ حظ دِوان تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ چُھ علم وآگاہی عطا کران۔مثالے بأتھ،غزلہٕ،نغمہٕ یٚلہٕ أسی بوزان چھٕ اسہٕ چھٕ تھکاوٹ ژلان تہٕ دِلس چھُ اَکھ عجیب سکون یوان۔دۆیمہِ طرفہٕ ییٚلہ أسی سائنسی مضمون بیترِ پران چھٕ اسہِ چھٕ دنیاہس منٛز موجود سارِنی چیزن ہٕنٛز زان لگان،یم اسہ ازتہِ تہٕ ینہ وألس وقتس منز تہِ بکارلگن۔أسی چھٕ دُنیاہس منٛز سپدن واجنٮ تبدیلین نِش زأنیاب سپدان۔یہٕ اوس اِدُبک مٔدریار یاوَنو

اِدبُک فائِد آسن۔اَدب چھُ سماجک اَنہٕ تہٕ زندگی ہنٛدٕ عکس، یہٕ کتھ چھےٚ مُشخص آمٕژ کرنہٕ زِیتھ قومس منز ادیب آسن نہ سُہ قوم چُھ موردِ تصور یوان کرنہٕ۔ادبس تہٕ سماجس چھ پانہٕ وأنی اکھا اژھیوٚن واٹھ۔ادب چھُ سماجس متأثرتہٕ کران تہٕ شکل وصورژ تبدیل تہِ کران۔ستی چھُ یہ مذہبس ،حکومتس، تہٕ سیاستس تہِ پانس منز آوراوان ۔ اِدبُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ مقصد چُھ انسأنیت،آزادی ہُند جذبہٕ،خود مونختأری، خود اعتمأدی ،بیدأری تہٕ پانہٕ وٕنی مِلژاریأدٕ کُرن انہٕ گٹس ،غفلتس ،خود پرستی ،توہم پرستی،رنگ،نسل،لوکٹ بوٚ ڈہشہٕ سارے تفاوژ دوٗر کرنہِ۔بقولِ اطہر پرویزؔ :

”اَدب کی ایک بڑی خوبی یہ ہے کہ وہ اپنے زمانے کے
بہترین خیالات کو بہترین لفظوں میں، بہترین ترتیب کے ساتھ
محفوظ کر لیتا ہے۔اس میں سچ پوچھے تو اپنے زمانے کے نہ صرف
بہترین خیالات الفاظ اور ترتیب کے ساتھ ہیں بلکہ اسمیں اپنے
زمانے کی سچی روّح ہوتی ہے“۔

شُربن منٛز چُھ حأرتک جذبہٕ سبٹھاہ آسان تہٕ اوَےمو کِھ چُھ شُری اکثر سوالن پیٹھ سوال پرٛژھان مثالے ہُہ کیاہ ،یہٕ کتھ لگان،یہٕ کتھ بنان،یہٕ کُس بناوان۔أسی ہسکِو بنأوِتھ وغأرِ۔لہٰذا ونوشُربن ہٕندس اِدبس گرٛژھن ژھوٚٹ موٚٹ

پأٹھی نوم خأصیژ آسنہِ :

ا۔ شُر بن ہٕندِ ادِ بچ زبان گژھِ گوڈے سہل تہٕ آسان آسنی ۔لوکٹ تہٕ آسان محاوٕرِ تہِ یوٚ دوے ورتاوس ین انہٕ تمہٕ ستی سپدِ شُر بن ہندس لفظَس منٛز برژرتہٕ ادبس ستی روز کھلو کٹہِ پیٹھے لوے خوے تہٕ ستی گژھکھ زبان تہٕ شوٗز ۔

۲۔ شُر بن ہٕند ادِ بک ٕکن چُھ آمت اخلأقی تہٕ درسی کِتابو تہٕ مضمونو ستی کھالنہٕ یہٕ زأنتھ زِیوس عمارت اتھ پیٹھ کھسہٕ سو آسہِ مضبوط،طاقتور، پایدار تہٕ رنبہٕ وٕنی ۔لہٰذا گژھ ھَنہٕ شُر بن ہُند اَدب امہِ کٕنہٕ بغأر کھالنہٕ ین۔

۳۔ سایٕنسی مضمون گژھن مادری زبأنی منٛز ترجمہٕ کرنہٕ تِتھٕ یُتھ زبأنی تہِ سگ لگہِ تہٕ شُر بن تہِ میلہِ پرنہٕ خأطر بہترین اَدب۔

۴۔ شُر بن ہُند ادب گژھِ شُر بن ہٕنز نفسیات مدِ نظر تھأوتھ یُن لیکھنہ یُتھ یہٕ شُرِس پزی مُتأثر کر۔تہٕ کیازِ نفسیات سمجھتھ ہیکوتس أکس ڈاکٹر سٕندی پأٹھی بہتر علاج کٕرتھ۔

۵۔ شُر بن ہٕندس اَدِ بس چُھ حب الوطنی ہٕند بو موضوعو ستی تہِ سبٕٹھاہ بٕرژرکرنہٕ آمُت ۔سنجیدگی سان یٔیلہِ غور کران چھ یہٕ چُھ اکھ لأزمی مضمون تہٕ ہیکہون نہٕ شُر بن ہٕندِ ادِ بہٕ لٕش بیوٚن تھأوتھ۔اَمہِ ستی چُھ شُر بن منٛز پننہِ قومُک تہِ وطنک اَکھ مُشأہِد،مُطالعہ تہٕ بیہٕ پننہِ قومُک لول پأدِ گژھان۔یُس جوان

گٔژھتھ اکھ سنجیدٕ تہٕ سۄ دمند فأصلہٕ ثأبت چُھ گژھان۔

٦۔ شُرٕن ہٕند دٕماغ چُھ ہمیشہٕ نۄٔ تہٕ اطلاعأتی موضوع پَرٕنۍ تہٕ بوزٕنۍ یژھان۔یم چھہٕ دُنیاکس پرٕ بتھ شعبس متعلق زانُن یژھان اَمہٕ خأطر چُھ لأزمی زِ شُرٕن گژھن نۄی تہٕ معلومأتی مضمون پرٕنۍ کِتھ مویسر آسنۍ۔

۷۔ شُرٕن ہٕندس ادٕبس مُطالعہ کٔرتھ چھِ یہِ کتھ نٔنۍ تہٕ ٹاکارٕ زِ شُرٕن ہُند ادب چُھ بالافطری کرِداروتہٕ اۄ سطورو ستی بٔرتھ۔مگر زَمانہٕ بدٕلنس ستی ستی سپٕدی سأنی شُری تہِ سبٕٹھاہ دۄ راندیش۔سایئنسی کرٕشماتو کۄ ر یہِ سۄ ری دُنیا تِمن پیٹھ آشُکار تہٕ تِمن باسیاے یم سأری کردار تہٕ کہأنیہٕ اپزٕ تہٕ بےٕ بنیاد۔یتھ صٔدی منٛز آو کمپیوٹر تہٕ تِمو کٔری یم سأری کردار سراب ثأبت۔ووٕنۍ اگر شُرٕن بھروسہٕ رود سہٕ چُھ کمپیوٹر،رابوٹ،راکٹ،ویڈیو گیم،موبایل بیترِ مشینی آلاتن ستی۔تہٕ کیازِ تِمن چُھ یِمن منٛز دلچسپی تہِ تہٕ علم تہِ زِ یم چھہٕ پٔزی تہٕ اَمکہِ پزٕرُک چھُکھ اعتبار تہِ۔ووٕنۍ اگر أزکۍن لِکھارٕن شُرٕن باپتھ یم فنٹسی ہشہٕ ڈٔلیلہِ لِکھنہِ چھےٚ تیٚلہِ چُھ تِمن یِموجُنو،پٔریو،دٕیو وبدلہٕ یِمنی سایئنسی چیزن جاے دِنۍ۔تیٚلی پَرن شُری پٕنُن شُری ادب۔نتہٕ گژھہِ ٲلی قلم تہٕ کاغذ ضایع۔

۸۔ بقولِ موہن راو ”بچوں کو کہانیوں کی کِتابیں پڑھنے کے بجاے اُن میں خاندان اور سماج کے تعلق کی اہمیت کو اُبھارنا ہے، ہم بچوں کو خاندان

سے مُحبت کا سبق سِکھاے بغیر کیونکر یہ توقع رکھ سکتے ہیں کہ یہی بچے آیندہ چل کر اپنے قوم اور ملک سے مُحبت کر سکیں گے۔''

بیٚا کھا کھ ٹیوٗٹھ پزر چھ یہ تہٕ زِدُوہ ہہ کھوتہٕ دوٗہہ چھ شُری پننِن والدینن نش دوٗر گژھان، تتھی سبق دلیلہ، افسانہ ڈراما، ہکن شُرٮ۪ن منٛز گرکہ اجتمأعی صوٗرژ منٛز روزُ نک جذبہٕ پأدکرتھ تہ یکوٹہ گرک تُصور ییہ بٔیہ بارسس۔ بقول مُشیر فاطِمہ:

''وہی کتاب اچھی ہے جو فن کا حق ادا کرتی ہے۔ جو بچوں
میں اُپج پیدا کرتی ہے۔ اور علم کا راستہ بتاتی ہے۔ خوبصورت
معلوم ہوتی ہے۔ جو بچوں کی روح کو مُتحرک کرتی ہے۔
جو آیندہ زندگی میں ہمیشہ کام آتی ہے۔''

شُرٮ۪ن ہندس ادبس چھ سانہ رندگی منٛز اوموکھ زیادٕ اہمیت تکیا زیم چھِ پگہُک گاش تہٕ یمن ہٕستی چھِ گرٛ ہنٛز روٗس ووٚمیدٕ وابستہ۔ یم گژھن پننٮ۪ن گرٚکٮ۪ن ہُند، ملک تہٕ قومچن أچھن ہُند گاش بنن تہٕ یم گژھن سون کال تہٕ ینہ وول کال گاشرٕ اوٗنی تہٕ مُشکاوِٕنی۔

# حمد

حمد سأری شُوباں پرُوردگارس
چھُ سُے خألق تۂ مألک سمسارس

نہ زامُت کأنسہ نے لتس زامُتے کانٛہہ
نہ چھُن پانس شریکھے تھومتُے کانٛہہ

کراں تی یی گرژھاں لتس خوش چھُ پانس
نہ چھُس کانٛہہ مشورس نے کانٛہہ پرٛژھاں لتس

حکُم تمی سُند چلاں عرشس تۂ فرشس
چھُ کُس چیزا زِ یتھ پیٹھ نے نظر چھَس

سہٕ عاٗلم، علمہ کُے آگُر چھُ پانے
سہٕ حاٗکم، حاٗکمن تاں حکم رانے

چھُ لاچارن سہٕ چارا ، بے کسن کس
چھِ تٔسی شوٗباں عبادت ، بندگی بس



# محمد ﷺ

ماسٹر جی ژاو کلاسس منز
شُربُو کوٚر سلام کرنُک سنز

سأری تھوٚد ؤتھی با احترام
ماسٹر جی لیس گٔرکھ سلام

ماسٹر جی ین بوٚرنکھ لول
سارِنے شُرۍن اِدِ اتھ تمی ڈول

ونو سا گوبرو کیٛاہ چھُ پرُن
شُربُو لوگ أکس اکھ دولہِ وُپھُن

شُرِبٕ کوٚر ماسٹر جی لیس عرضا
اسہِ چھُنہ پرٕنٛک کانٛہہ غرضا

ماسٹر جی ین کوٚرنکھ روب
موٕخصر تھوٚد ووٕتھ منیٖٹر صأب

ماسٹر جی از دلیٖل بوزَو
أسۍ حض تہٕنٛدی طابع روزَو

ماسٹر جی ین اسُنا ترٛوو
اِدٕ تمۍ شُرٕبن اکھ واقعہ بوزنوو

مُلکھا اکھ اوسٕ عربستان
تتہِ أسۍ گمراہ گٔمتۍ انسان

کران آسۍ جہالت ، جھگرٕٹ تہٕ نیٚاے
تمن اوس مٔشی تھے گوٚمُت خوٕداے

شراب اَسی چێوان ، کران اَسی ژۆر
انسانٔیت نِش گمتۍ اَسی دۆر

کوربن زندے اَسی دفناوان
لا علمی ہُنْد اوس طوفان

خوٗدایس تمن پێٹھ ییٚلہ آو عار
تمۍ سۆز تمن کُن حضِ سرکارؐ

ستھ ہتھ پنژاہ عیسوی اوس
خوٗداین گٹہ زوٗل دنیاہس کوس

حضِ آمناہس تھنہ پیٚو لعل
پیغمبرؐ سون با کمال

زاو ییٚلہ گاہ پیٚو کایناتس
حمد پوٚر زُو زاۓژو ذاتس

عبد المطلب بُڑِ بابا
مائلس ناو اوس عبد اللہ

بُڑِ بب خوش گو بوُرن چکہ چاو
جانانس کوٚرُن محمّدؐ ناو

محمدؐ اَولے اوس دانا
خوداین ژورمُت نورانا

ایمانداٲری پزر انصاف
یمے ٲسی محمدؐ صائنز اوصاف

ژتجیہہ وٲتتھ کوٚرن اعلان
پیغمبرؐ چھُس انو ایمان

یِہ بوٗزتھ مُشرک سپدییہِ نار
رنگہٕ رنگہٕ واتناٗوہکھ آزار

هجرت کرٕنۍ پے مدینس گُن
اِدٕ اسلامن لوٚب زایُن

ژھ پاسے واتنوُکھ پأغام
وارٕ وارٕ قأیم گو اسلام

سأری بد اخلاق گے دوٗر
عربستاں بنیو نوٗرے نوٗر



# گُلٕ کٕڑ

زُون اگر چھے چھُ میٚون بوزُن
گُلیٚن کٹیٚن چھے ژٕے رأچھ روزُن
گُلیٚن کٹیٚن ہنٛز منت چھِ واراہ ہوا تھواں شوٗد تہٕ صاف واراہ
گُلن ہُندے آلواں نظاراہ میٚون تہٕ فصلن کراں انباراہ

رچھُن چھُ اوٗند پوکھ چھُ میٚون بوزُن
گُلیٚن کٹیٚن چھے ژٕے رأچھ روزُن
چھُ جانوارن سہارٕ یُہندے وَنَن نزاکت جہارٕ یُہندے
چھُ لوٗبہٕ ون کیٚاہ بہارٕ یُہندے چھُ شوٗبوُن کیٚاہ نظارٕ یُہندے

جنگل رچھُن چھے چھُ میٚون بوزن
گُلیٚن کٹیٚن چھے ژٕے رأچھ روزُن

یمے نبس پیٚٹھ اۄبر چھِ کھالاں    یمے پہاڑن    چھِ روٗد والاں

یمے وندس منز چھِ دان زالاں    یمے چھِ چو چاروآے پالاں

ہُربر کرُن چھُکھ چھُ میٚون بوزن
گُلیٚن کٹیٚن چھے ژےٚ راأچھ روزُن

ژےٚ اَن پوشی رچھکھ اگر وَن    ژٕ رٔشیٖ سندس اتھ نصیحتس سَن

پھٹر ژٕ نل نکھ ووں لٔکرِ ژۄرن    گرشھکھ ژٕ نتہ کاٗلی اتھِ موٗرن

یمن کتھن چھے حساب بوزُن
گُلیٚن کٹیٚن چھے ژےٚ راأچھ روزُن
زُون اگر چھے چھُ میٚون بوزُن
گُلیٚن کٹیٚن چھے ژےٚ راأچھ روزُن



# آب

بابا وولہ تھو یاد یہے کتھ
آب چھُ رحمت ، آب چھُ رحمت

آبے آگُر چھُے تخلیقس آبے زندٕ تھاواں چھُے ہرکس
آبے دیہِ سندِ مے خانٕک مس آبے زُو ز اُ ژن زُونٕک رس

آبے دولت، آبے ارزتھ
آب چھُ رحمت، آب چھُ رحمت

ترٛیشہ ہتیٚن ہٕنز بُڑ ستھ آبے تاوس وأنجہ شھلتھ آبے
رگہِ منز خوٗنچ حرکت آبے جسمس منز نژُون رتھ آبے

آبے عرقہ پھیٚرٕن ہٕنز محنت
آب چھُ رحمت، آب چھُ رحمت

صاف چھُ تھاوان سئنس پانس پلو پۄشاکس بٮ۪یہٕ کھیٚنہ بانس
چو چاروٲین بٮ۪یہٕ انسانس جاناوارن تہٕ لگاں سرٛانس

دپھ چھِ صفأیی آنٕچ منّت
آب چھُ رحمت، آب چھُ رحمت

دانہِ کھہن ہُنٛد زُو جان آبے میوہ گُلیٚن منز میٹھان آبے
پاور بتہِ منز چمکان آبے أبی جھزن تہِ لمان آبے

سانہِ وجوٗدِچ آب ضمانت
آب چھُ رحمت، آب چھُ رحمت

آبس رأچھ کرٕنی دانأیی ڈلن ، سرن ، دری یاون أہی
آبہٕ خزانن تھأیو صفأیی ینہ پچھتاوُن پٮ۪یہِ بے گأہی
آب رچھُن چھُے زُونٕچ بُڑ ستھ
آب چھُ رحمت، آب چھُ رحمت

ازیوٚد نے میٔانی کتھ مانکھ جلدٕے آنٕچ قدرا زانکھ

ترٛیشہ پھیٚرٕن پتھ سحرا چھانکھ چیٚون کُیٚت ربہِ وونیٚا ادٕ پھیٚانکھ

ترٛیشہِ گُٔلس پیٚٹھ خرچکھُ ہتھ سیٚتھ

آب چھُ رحمت، آب چھُ رحمت



# آبٕ ژٕکر

اختابن کوٚر زورا سخ
بُترأژ پیٚٹھ کھٔش آبس گرٛبھ

آبس یامت پوو ریو تاو
لوٗمبکو لوٗمبکو بہہ تتھ زاو

بہہَ گو اسمانس کُن وُڑان
اتھی ٔستیٚ گو اکھ اکس ٔستیٚ جُڑان

بہہَ گو اؤبرس منز تبدیل
اؤبرٕکی ڈینگی آٔسی زن بُڑی فیٖل

یۄتاہ ہیٚور کھۄت تیٚۄت ۂندریو
ۂندرتھ اۄبرس رۄد بنیو

رۄد پیٚیو بالن، مأدانن
آب سۄز واپس اسمانن

رُدٕ ووٚنۍ دری یاون منز ژاو
سٔدرس گُن اِدٕ سفرس دژاو

یتھٕ پأٹھی آبن چکرا مور
تیژالیٚن تام سریہہ تمی کھور



# ہمت

یواں چھَس کامیاٗبی ہیٚتھ
بۂ چھس ہمت ، بۂ چھَس ہمت

بۂ ما چھَس ہار زانٛہہ مانان بۂ ما چھَس کھور مُرن زانان
بۂ ما چھَس مشکلن کھوژان بۂ ما چھَس زانٛہہ ہمت ہاران
بۂ ما چھَس زانٛہہ بہاں پتھ پتھ
بۂ چھَس ہمت ، بۂ چھَس ہمت

مےٚ نِش گو بڑ وٕنہہ کُنے نیرُن نہ ٹھہرُن نے پتھے پھیرُن
مےٚ پے تن کنڈی وتن پھیرُن مےٚ نِش گو بخت پنُن شیرُن
کڈاں چھَس منزلس تاں وتھ
بۂ چھَس ہمت ، بۂ چھَس ہمت

تھکُن ہر گز بۂ ما زانے بۂ ما زانٔہہ کاٸہلی مانے
شوٗنگُن ما چھُم ےٚ شایانے بۂ چھَس ہر ساعتۂ دورانے
ےٚ چھم پکنس کُنے رغبت
بۂ چھَس ہمت ، بۂ چھَس ہمت
یواں چھَس کامیاٸبی ہیٚتھ
بۂ چھَس ہمت ، بۂ چھَس ہمت



# نار

خبر چھیا بۓ نار چھُس
گہے شتُر گاہ یار چھُس

بۓ چھُس نہ خصلتن بدٕے
نہَ چھم مےٚ کأنٛسہ ہٕنٛز تہِ دٕے

تیٖرِ چھُس علاج بٕے
وندس کران راج بٕے

بۓ پانہ یوٚد دزان چھُس
ژٕےٚ کُیٚت مگر رنان چھُس

پھُکاں بۓ چون دان چھُس
بۓ ریلہِ تاں لمان چھُس

وون گو اگر نہ حیّس کرکھ
ڈزتھ ژٔ بے قضا مرکھ

اگر تگی تۂ زُو دمے
تگی نہ پینیڈ پُرن کھےّ مے

بۂ چھُس تۂ چیز اکھ فقط
وون گو ہنا خمار ہیّتھ

پڑھکھ تۂ نوکرا چھُسے
وگرنہ بُڑ بھلا چھُسے



# آئنہٕ

أسی أنہ وچھو
یہِ سہُ باوِ ہیچھو

منہ صاف تہٕ پڑؤن
کانٛہہ عأب نہ نوٚن

تنہِ کنٛز زأوُیل
دلہٕ کنٛز أوُیل

پزٕرُک پیکر
یہِ وُچھاں تی بر

دھوکہ نہ بالکل
نہ کراں دُل مُیٚل

نبیؐ سُند فرمان
آنہ مسلما ن

اسہِ پزِ سونچُن
آنے چھُ بنُن

أسی آنہ وُچھو
یہِ سہٕ باوِ ہیٚچھو



# موج

موجی موجی، وندیے پان
گاش أچھن ہُنٛد بۄیہِ زُو جان

خأئلق اصلی چھُم اللہ ماجہ اۆنس پۆز در دنیا
پانہ تجِن سختی واراہ میأنٛی شکایت کٔرن نہ زانٛہہ
شکمس منز تھونس مہمان
موجی موجی وندیے پان

کھۄینہ ییٚلہ أسم لاچأری خۄن پنُن تھوونم جأری
پانہ تجُن سخ بیمأری اِدٕ أچھ مژرٕم سمسأری
خۄن پنُن کۄرنم قوربان
موجی موجی وندیے پان

للہٕ وان اُسم صبح و شام پانٛس کھیٚن، چیٚن زوٕل تہٕ حرام
وچھِ پننے دُیت نم دوٗد دام کھوٗنہ منز اِدٕ آوُم آرام
اکہِ اتھِ مےٚ رچھاں اکہِ اتھِ دان
موجی موجی وندیے پان

قدمن دُیت نم آے تہٕ پاے زوِ سیزروۄن کتھِ ہُنٛد آے
حرفن بٔرنم علمچ ماے پڑھِ ہُنٛد امرت سونچن تڑاے
ہوونم اللہ بیٚیہٕ بگوان
موجی موجی وندیے پان
گاش أچھن ہُنٛد بیٚیہٕ زُو جان
موجی موجی وندیے پان



# پرُن مےٚ چھُم

لیٚکھُن مےٚ چھُم، پرُن مےٚ چھُم
پرُن مےٚ چھُم، لیٚکھُن مےٚ چھُم

مےٚ چھُم نہ بأر خربنُن نہ چھُم مےٚ پامہ کھیٚتھ چھنُن
مےٚ چھُم نہ بس یڑے برُن مےٚ چھُم نہ انپرڑے مرُن
علم پرٔتھ سرُن مےٚ چھُم
لیٚکھُن مےٚ چھُم پرُن مےٚ چھُم

علم مےٚ چھُم سیٹھا پرُن خزانہ عقلہِ ہُنٛد برُن
مےٚ گٹہٕ زوٗلے فنا کرُن تہٕ گاشہٕ کُے ہلم برُن
گٔٹس ووٚں گاہہ کرُن مےٚ چھُم
لیٚکھُن مےٚ چھُم پرُن مےٚ چھُم

علم چھُ دولتھا زبر علم چھُ بے بہا گوہر
علم کراں شبس سحر زُوَکھ علم پرکھ اگر
سحر شبس کرُن مےٚ چھُم
لیٚکھُن مےٚ چھُم پرُن مےٚ چھُم



# أسی لول برو

أسی لول برو، أسی لول برو
أسی پرہتھ انسانس لول برو

پہنس ، وہ پرس زنہِ کیّو مردس
لوکٹس تۓ بڈس فردس ، فردس
زانس، اَنزانس لول برو
أسی پرہتھ انسانس لول برو

دِ ے تے نفرت أسی تژا و و پتھ
أسی ورتاوو خأئلی محبت
پانس، مہمانس لول برو
أسی پرہتھ انسانس لول برو

باغن ، تۃِ کھلَن ناگن تۃِ کوٚلن
پکھشن تۃِ گُلیٚن بالن تۃِ ڈلن
جانس بے جانس لول برو
أسی پرٕبتھ انسانس لول برو

أسی لول برو أسی لول برو
أسی پرٕبتھ انسانس لول برو



# انسان بنو، انسان بنو

پڑ بتھ کائنسہِ أکس کیوتھ جان بنو
انسان بنو، انسان بنو
انسانیچ پہچان بنو
انسان بنو، انسان بنو

أسی پھٔلہ راوو پننیارکی گُل انصاف‌کو ، ایثارکی سوٗنبُل
مارون دوگنیا رُک راتہٕ موغُل اِدٕ لولکو نغمہ گیون بُلبل
دِے تژ أوتھ بس یکسان بنو
انسان بنو، انسان بنو
لالچ خود غرضی مُشراوو تفریق تہٕ نفرت دو براوو
لوٗچر تہٕ بُجر لوٗب کُن تھاوو دیوار دُیی ہٕندی نہناوو
بیون بیون أستھ یکسان بنو
انسان بنو ، انسان بنو

گُلزار تہٕ گُل سگہٕ ناوو أسی سبزار ، سرٕو ووہپداوو أسی
اکھأ کی سٕنزدگ للہٕ ناووأسی اکھ أکی سٔنذی گُلی شہلاوو أسی

أسی ملہ ژارٕکی عنوان بنو
انسان بنو، انسان بنو
انسأنیچ پہچان بنو
انسان بنو، انسان بنو



# ریل

نوِ دورُک نوٚو انہار بۄ چھَس
اکھ ریل بۄ چھَس ، رفتار بۄ چھَس
چائنس وقتس وُسجار بۄ چھَس
اکھ ریل بۄ چھَس ، رفتار بۄ چھَس

چھَس تھکۂ رُس دوراں رات تۂ دوہ
مأدانا آٴسن، آٴسن کوہ
زاںٔہہ چھَس نہ تھکاں، زاںٔہہ چھَس نہ رُکاں
اِدٕ ہار سہٗ آٴسن ، آٴسن پوہ

سنٛخ دم خم چھُم ، دمدار بۂ چھَس
اکھ ریل بۂ چھَس ، رفتار بۂ چھَس

چھَس پانہ سفر چھُم ٹوٗٹھ سفر
چھَس پھیراں ہردم گام و شہر
شہلاواں چھَس پرٛ ٛتھ چوٗن سفر
یوٚد پانہ دزاں چھُم نارٕ جگر

چانٛین سفرن شہجار بۂ چھَس
اکھ ریل بۂ چھَس ، رفتار بۂ چھَس

نوِ دورُک نۆو انہار بہٕ چھَس
اکھ ریل بہٕ چھَس ، رفتار بہٕ چھَس
چائنس وقتس وُسجار بہٕ چھَس
اکھ ریل بہٕ چھَس ، رفتار بہٕ چھَس



# وٕتھ

یہِ چھِ سٲنۍ سمتھ ، یہِ چھِ سٲنۍ پچھان
وٕتھ آیہِ پکاں ، وٕتھ روزِ پکان

یہِ چھِ سانہِ وجوٗدِچ ازلی کتھ
یہِ چھِ سانہِ شعورکہِ زُوٗنچ وتھ
یہِ چھِ زاہِرٕ کوچھِ منز ہٕتھ پُران
وٕتھ آیہِ پکاں وٕتھ روزِ پکان

امہِ ہر وزِ کوٚر سٲراب وطن
پھٔلہ رٲوِن گُل، گلزار، چمن
امہِ دُیت سٲئنس سفرس عنوان
وٕتھ آیہِ پکاں ، وٕتھ روزِ پکان

پانٛژاہِچ شٔیچھ ہٕتھ دڑایہِ ملر
ڈلہٕ سأل کٔرتھ وأتی جھیلِ وولر
پمپوش چھِ تمہِ کُے بوش تھٕکان
وٕتھ آیہِ پکاں وٕتھ روزِ پکان

یہِ چھےٚ سأنٛز سمتھ، یہِ چھےٚ سأنٛز پچھان
وٕتھ آیہِ پکاں وٕتھ روزِ پکان



# رنگ

رنگو ٕستی چھُ رنگ ییتھ کأیناتس
رنگو رُس کیٚاہ چھِ وُقعت ذر ذراتس

سبٕز رنگ گُلۍ کٹیٚن ہُنٛد أچھ طراوت
لِدُر رہردس گرٛشھاں دَے ٕسنٛز کرامت

ووزُل رنگ ژۄنٛٹھ ہیٚتھ بیٚیہِ مرٕژ وانٛگُن
تہِ وأنٛگنٕز رنگ دپاں میٚوٕ نے چھ وانٛگُن

کڑ ہُن چھُے کاو، ژِ نہ ہانگُر تہٕ ژِ نہِ پھوٚل
سفید شیٖنس اندر پڑا اگاش زن پھوٚل

گوٚلابس چھُے گوٚلٲبی بوش کھالاں
تہٕ سنگتری سنگترس ژاشر سنبھالاں

چھِ تارکھ شوٚب نیٖلس آسمانس
ژِ تارُک بن تہٕ روشن کر جہانس



# چھِ برکت کاڑ بارس

بلاے ژۂھن بے کارس چھِ برکت کاڑ بارس
خدا رأضی کامِ کارس چھِ برکت کاڑ بارس

ژٕ آدم کر تہٕ حرکت کری پانے سۂ برکت
کری گُلزار نارس چھِ برکت کاڑ بارس

کراں یُس پۆر محنت تمس تابان قسمت
ژٲن سُے اکھ چھُ تارس چھِ برکت کاڑ بارس

چھِ زارس لعنتِ دَے نہ ژٹ لاۓگنۆ نہ گرِ وَے
چھُ کر پۆران زارس چھِ برکت کاڑبارس

کری یُس کار تس ستھ یہِ بے کأری چھِ غرُبت
بےٚ عزتی نابکارس چھِ برکت کاڑبارس

بلاے ژھن بے کارس چھِ برکت کاڑبارس
خدا رأضی کامِ کارس چھِ برکت کاڑبارس



# گگٕر ئج زالس

کالے بوزُم، گگٕر چھٕ ژإمش

لوٚت لوٚت سوٚت سوٚت دروإز ترٛ ہ یہ مٔنزی

إٓمش کتہ پپٹھ، کس مولوم

بابس میٔانس، ژادَرژٔ ٹمش

مأ لس میٔانس، سدٕری چھٕ ٹچمش

ماجے میٔانے، صندقس پھٔر ٕمش

سوٗلٹس میٛأنس، ٹُکھ چھن دِتی مِتۍ
بأیس میأنس، جا کٕٹ ژۏ ٹمت
اَچھ دارِ نچہِ ہٕنز، مَس چھُن ٹۆ کمُت
پھو کہٕ ڈوٗنس تام پھو کھ چھُن کۆ ڈمت
ٹیلی فوٗنس، تارِ تہِ ژچرٕ
کمپیوٹرس تام، دٔند چھن دتمتۍ
وتھرِ نۍ پلون، پھنمب چھُن کۆ ڈمت
ژوٗنٹھ ڈبس منٛز، اول بنۆ مت
ساسن اسہِ چھُن، ڈاسا کۆ رمُت

آن لاین کۆ رٹوٗٹھن آڈر
کالے لگگرن ہندا کھ ژَ ھل
تتھ منٛز بابن، تھاوٕن گوٗ جے
بوٗ ے اپجی پتہٕ، منٛز وأ ژ واجے
لۆگ ماگگرے، پتہٕ کانہٕہ چارے

وارے وارے وآ ژمنز باگ
تھپھ تٲمی لایاے، سئِدِ سیوٗ دمالس
گٔگر لٔج زالس، گٔگر لٔج زالس
گٔگر لٔج زالس، گٔگر لٔج زالس



# پلہ ہور

مے چھ کالک بتہٕ یادٕ ییلہ تمہ دوہ بہٕ گَرِ پڑانہ جایہٕ ہٕنز کأنٛ پٹھ پرأنۍن اخبارن ژٲر دِتھ کوس تام Notification ژھاران اوسس۔مگر اتھِ ٲسِم نہٕ یِوان۔اخبار ٲسی ماجہٕ میٲنہِ ژھے پَشس تل تھأوِمتۍ۔لہٰذا پیٚو مےٚ پَشس تَل اژُن۔مےٚ گُو ہایہٕ ستۍ لیٚوتھ۔بہٕ تھوٚکُس تہِ تہٕ ستۍ کھوٚتُم شرارت تہ۔مگر پننہِ مجبوری کنۍ اوسُس صبرے کُرتھ۔أتھی منٛزگیہ مےٚ کنہ وان،مےٚ ترٛأ وِپنۍ کأم أتی تہٕ لوٚگُس یم کتھ بوزنہِ۔مےٚ بوزمأژ سُند اکھ بوڈٕ کھور تہٕ میٲنہِ لوکچارُک اکھ چینہِ کھورسسرِ گسرِ کران۔بہٕ گوس لوتہ لوتہ یمن نکھہٕ،یہٕ وچھتھ گوس بہ حأران زِیم ہساپانہٕ وأنۍ کتھ کران۔۔یتھ کتھِ لوٚگ نہٕ مےٚ زیادوق سمجھنس زِ کتھ آسہ پرانہ زمانچہٕ یتھ منزِتم لسان بسان ٲسۍ۔

اَمہِ ساعتہٕ وۄن چینہ کھورن بوٚڈٕ کھورس ''مےٚ وٕنۍ توتہند زمانہ برۄنہہ کیٛاہ ٲسی لُکھ لاگان بوٚٹوبدلہٕ کھورن''۔

بوٚڈٕ کھور:''بوٚزسا گوٚبرا،خبرژ کرکھا بھروسہ''۔

چینہ کھورن وۄنُس:''کیٛا زنہٕ توٚہۍ وٕنو''۔

بۆٹۍ کھور:''پرٛانہ زمانہٕ یُس بۆٹۍ بدلہٕ کھورن لاگان آسی،تتھ آسی ونان

پُلہ ہور؟

چپنہ کھور:''پُلہ ہور۔۔۔یہ گمیک اوس آسان۔

بۆٹۍ کھور:''یہ اۆس داں گاسس بناونہ یوان۔گاسہٕ لوو اکھ آسی شامس آبس منٛز ترٛس تھاوان تہٕ تتھی صُبحس دُکہٕ وُٹھان''۔

چَپنہ کھور:''دُکہٕ! تمہ کیاہ گیہ؟۔

بوٹۍ کھور:''دُکہٕ۔آ۔۔مان ژٕ آز چھہٕ رَزٕ۔زآوجہٕ زآوجہٕ گاسہٕ رَزٕ۔۔ نرم۔یمے دُکہٕ اوس ووستہٕ کار کھورس منٛتھ لاگان پتھہٕ ہُندی پأٹھی وونہ''۔

چَپنہ کھور:''پتھ!یہ کیٛاہ بلایہ گیہ؟۔

بۆٹۍ کھور:''پتھ۔کیٛاہ سا۔۔مان تہٕ ژٕ آز یِک ٹاٹھ یا قالین۔

بۆٹۍ کھورن دِژ اۆر یۆ رسأرسی کأنٛہ نظر تہٕ اُونٛگجہٕ ستی ہوونس دارِ وَس کُن۔یتھ اکھ پرٛأنی پتھہٕ ژٕٹ الوٗنداُس۔

چپنہ کھور:''اچھاتو رُم فکر۔

بۆٹۍ کھور:''پتہٕ اوس یہ پُلہ ہورونن وول یمن دُکن (رَزن) تتھ پأٹھی وونان یُتھ نہٕ یم یلہٕ گرٛژھن تہٕ لاگن وول اوس کانٛہہ مُنٛل کٔپرٕ ٹکرا کھو رَن موزٕ بَدلہٕ

گنڈتھ پُلہ ہورلاگان''۔

چَینہِ کھور:''یہِ پُلہ ہورکیتھ ہیٚواؤس آسان؟۔

بۄ ڑہٕ کھور:''یہِ کیٛاہ سااوس یَہے کانٹہٕ دار چینہِ ہیٚو آسان۔یوس کھورن پیٹھ بند چھہٕ گژھان۔اتھ اُس بیا کھاکھأ اہم کأم تہِ''۔

چینہِ کھور:''کوس کأم ؟۔

بۄ ڑہٕ کھور:''آ۔بےٚ وَنے۔۔تنَبل مِہ۔۔تنَبل مِہ۔تیٚلہٕ اوس سبٕھاہ شین پیوان۔جایہٕ آسہٕ خام تہٕ پَشن اوس نہٕ ٹیٚن بلکہِ اُس ژھیے آسان دتھ۔وندس منٛز اوس یمن جاین اَکہ دوہ یہ پھرِ یہِ شین پیوان والُن۔یہِ اُس سخ مُشکل کأم۔تہٕ کیاز کھورتہٕ اتھِ اُسی سخ ترنان۔لہٰذا اُسی شین ترٛ اون واٗلی یۄ ہے پُلہ ہورکھورن لأگتھ شین ترٛ اوان۔امہٕ ستیٚ اوس نہٕ پَشہٕ پیٹھ بون گژھنُک خطرٕ تہِ روزان۔تہٕ کیٛازِاتھ اُس نہٕ کھُر گژھان''۔

چینہ کھور:''اَتھ چھہٕ اَز کیٛو بۄ ٹوتہٕ چینو کھوتہٕ ژٕری فأیدٕ اُسمتیٚ''۔

بۄ ڑہٕ کھور:''آ۔تہ چھ پۄ ز۔یہٕ اوس پزٕی اکھ جان چیز۔

چینہ کھور:''یہِ آسیٛا کُنہ جایہ بہٕ وُچھہن؟۔

بۄ ڑہٕ کھور:''گامن منٛز آسہ نہٕ شاید۔آ۔۔شہرِ آسہ Museum عجأیب

خانس منز۔بیٚا کھ کَتھ چھےٚ یہِ زِ اُز چھِ چانِہ تہٕ چھِ اَمی پُٹھر چھِ نِوصورژ،شکلہِ۔''
نےٚ اوس کینژھس کالس یہِ مشٔتھی گومت زِ بہِ کتہِ چھس۔نےٚ لاٗے بوٗنہِ ماجہِ کربکھ۔

''امتیازا۔۔۔ہو امتیاز۔۔۔امتیازوو۔۔''

کاںٛژ پتھ ہے چھُس.......... یکہ ہے آس''

میٚتہِ روٗ دنہِ پاٗنس تام۔نےٚ دیُت تَس جواب۔یِمو بوٗ زمیٚاٗنۍ کرٕ یکھ تہٕ یِمو اُرژھو پہِ۔بہِ پیٚاریاوٗس پتہٕ واریاہس کالس زِ یم دِہو کرن بٔیہِ کتھ مگر سُہ کتہِ۔تِم اُسی زَنتہِ مےٚ گوس، تہٕ میٚتہِ اوس پٔنٛنس اَترِس پتھ سَخ پھیران ۔



نوٹ:۔یتھ ڈلیلہِ میٔول راجیوگاندھی فاونڈیشن طرفہ ۲۰۰۸ء منز گوڈنچ پوزیشن۔

# بہٕ کوس ؟

تَس گواَزی ژیرتہٕ وُژھ وُژھِ پٔکِتھ کھۄت سہٕ سکول بڑ اندس تہٕ ژاو کلاسس منٛز۔ تَس آس سوٚتۍ۔ شُریاوس شورِ غوغا تُلمت، تِمن آس ناپَے زِ از چھُ تِمن کہتام نۆو وُچھن۔ تُسند بورڈس نکھہٕ وٲتِتھۍ گٔر شُریوژھو پہ۔ امہِ بڑ ونہہ زِ تِہُند ووستاد مُژ راوِ ہے آس، تمہ مُژُر پانے پٔنُن آس تہٕ دۄپُن شُرین زِ سو دیہ پٔنُن تعارف پانٔی پانے۔ امہِ پتہٕ وٕژھکھ سو:

''بہٕ آیس تو ہہ بڑ ونہہ کنہ أکس گُجر لڈکہٕ ہندی ڈٕسی۔ تِس أسس بہٕ سٔتۍ۔ بہٕ وُچھس تُہندی ووستادن سڑکہ پیٹھ تہٕ أمی کۆر گُجر کٔٹس زور تہٕ سُہ ژوُن بہٕ یٚتھ تو ہہ نِش۔ تِہٕندی ووستادَن آسہِ تو ہہ مےٚ متعلق ضرور وۄنمُت مگر تو ہہ آسونہٕ بہٕ شاید زانہٕہ وُچھمٕژ۔ اوے موکھ گٔر یمو مےٚ دار تہٕ پزٕ ر چھُ یہٕ زِمیٚتہِ اوس شوقے تو ہہ نِش ینِک۔

میٛانیوٹا ٹھیوٗ۔ پانس متعلق کینٛہہ وننہ بڑ ونہہ ونہٕ ہابہٕ تو ہہ اکھ پڑ ژھ۔

---

شُر یوتُل شور۔۔آ۔۔۔أسی وَنو جواب۔

اَچھاؤنو۔۔بہٕ چھَس سفید،کریٖنٛز،اَلچہٕ رنگہٕ،زٕٹھ،پھُہر،وشنیر دِوان۔

ؤنوبہٕ کوس ؟

اَکھ شُر۔۔۔کانگر (غلط)

بیٚاکھ۔۔۔۔دَستار (غلط)

ترٛیم۔۔۔۔یوٚقچہٕ (غلط) اسان اسان

اچھاوۄنی ونہٕ بہٕ توٚہہ پانَس متعلق کینژہ کتھہٕ تہٕ تُہنٛزٕ آسہِ میٚون پےٚ تہٕ زِبہٕ کوس؟ ٹھیک چھا۔۔شُر یووۄن ۔۔بلکل ٹھیک

میٚانہِ زندگی ہُند داروٚمدار چھُ تیرٛبن پیٹھ۔تیرٛبن چھُ ییر وَسان تہٕ اُتھی ییرَس چھِ کنگےَ کرِتھ توٚمبی یِوان بناونہ۔امہ پتہٕ چھِ یم توٚمبی یئندرَس پیٹھ یِوان کتنہٕ۔کتنہ آمژ ییرِ ہنہ چھِ پرٛتس کھاٗلتھ ڈیٚنٛج بناونہٕ یِوان۔تہٕ ڈیٚنٛج بناٗوِتھ پتہٕ ابساونہٕ یِوان۔

میےٚ چھُ باسان توٚہہ آسہِ پےٚلوٚ گمُت بہٕ کوس؟

شُر یوٚ گِلہ نوٚۄ کلہ زِتمن آونہٕ لبنہٕ کینہہ۔تم چھِ گُجرکٹس تھلہ تھلہ وُچھان۔شایدسہٕ کہتام ژھاران یُس نہٕ تم لبِتھ چھِ ہبکان۔زیادٕ نٔکی شُری

اُسی ہٹنڈ ہِن پیٹھ ؤ ِتتھ کُٹس وُ چھان۔زِ ہو پیٹھ واُ ِتتھ تہِ اوسکھ نہٕ تہِ یاد پیوان یہٕ تِمن ونن اوس۔

سو ؤ ژھ ہیٚہ ''تو ہہ چھُنہٕ شاید یاد پیوان ۔۔اچھا ہٕ وَنہٕ ہیٚہ کینہٕہ کَتھ تو ہہ پانس متعلق۔یہٕ اُ ُسس بڑ ونہہ کالہٕ کُشیرِ ہُندس پر ِ تھ کُنہٕ گرس منز۔یتھ گرَس منز میٚ ہِشہٕ زِ ،تڑے یا ژور آ ہہن سہُ گرِ اوس امیر (خوجہ ) گرِ یوِان مانہٕ۔

بیٚا کھا کھ کتھ پیٚہٕ میٚ یاد'' میٚ اوس برونہہ کالہٕ خوجہٕ پھیکِس الوٗ ند ترٛ اُ وِتھ گاٗمی گامَس روعب بہناوان۔میٚ چھِ عام لُکھ ترٛ منز ولان تہٕ اتھ اندر کانگر تہٕ تپان۔تیٚلہٕ ما اُ سی room heater,blower تیٚلہٕ اوس صرف یوٚ ہے اکھ ؤسیلہ وُشنیر کرنُک۔

میٚ چھ بیٚا کھا کھ وَصف۔۔ییٚلہٕ بہٕ پڑ اُ نِ چھَس گرٛ ھان میٚ چھُ گبہٕ دوٗس بیٚا کھ شکل دِوان تِتھ چھِ وَنان'' گبہٕ''۔اَتھ چھِ نوٚ ورنگ کھالتھ پتہٕ آرِ کاٗم یوان کرنہٕ یُس سبٹھا ہ شوٗبہٕ وُ ن تہٕ لوٗبہٕ وُ ن چھُ بنان۔یہٕ اوس تیٚلہٕ پُرٛ ھس عزت کنِ وتھرتھ یوان ترٛ اونہٕ قاٗلینہٕ بدل۔یوٚ دوے زن میون رہوا ج ووٗنِ موکلیوٗ مُت چھُ تہٕ میٚانہٕ بدلہٕ مشینو ناپایدار تہٕ نوقصان دہ چیز دِتی مگر

مبے چھُ پنن پتھ کال تہٕ توٚ آ ریٚخ وٗ نہ تہٕ ژھرِ تھ تھوُمُت ۔ییتہِ بہ پا تھلی علاقن منزِ ووٚنی غاٚبی گرچھنس تیار چھس تتہ چھِ پہاٚڑی علاقن منٛز روزن واٚلی ونہ تہِ مےٚ وچھس ہتیٚ رٹتھ ۔

تَل ساووٚنی وٗنوبہٕ کوٚس ۔۔۔؟

شُر یودِ ژیکوٹہٕ کربٕکھ ژادَر... ژادَر .... ژادَر!

شوروٚ تھ تیوٚت زِ ژادرِدیٛت کنن تھوٚپ تہٕ دژایہٕ گُجرکٕٹِس ہتیٚ کلاسہٕ منٛز نبر تہٕ شُری روٗ دیٚ تَس گیٹہٕ نبر تام تہِ مُدآے گٔنڈتھ ۔



# ینٛدٕر

سہٕ تہِ آوگامکٕلٕن باقی شُرٕن ہٕندی پأٹھی أکِس جان انگریزی سکولس پرنہٕ باپت سوزنہٕ۔ یُس گامہٕ دوٗرقریباً داہ ووہہ کِلو میٹر اوس۔ مأکی ماجہ أسِس أزکہ پٮ۪ٹھے ڈاکٹری ہٕندی خاب وُچھمتی۔ أمی خابن مُشرأوِتم سأری سِتم یِم یہِ سکول ینہٕ گژھنہِ سٟتؠ تُلان اوس۔ گاڑٕن ہُند ژٕلِ، جمِ غفیر، سکولن ہند غأر ضروری نصاب، پٮ۪ٹھ ڈٔری قونوٗن، پرنس لِکھنس پُرسِش، گاڑ کھسنچ وسنچ ژٕلہٕ ژٔرٕٹ بٮ۪یہِ تہِ کٟتؠ دأدی۔ خأراتھ ماحولس منٛز گوس اوم سوٗم پأرِم، انگریز یادتہٕ یُتھے تیوٗتھی اوس بوٗلِتھ تہِ ہٮ۪کان۔ یؠ دوے ماجہٕ زٕہو کأشُر اوُسس تہِ مگر ماجہ أسس اتھ سٟتؠ خبر کیازٕ دٔے۔ مے کرٛیأے اکِہ دوٕہہ پھِرِتسنز ماجہٕ سٟتؠ اَتھ بارَس منٛز کَتھ مگر تٔمی ژٔٹ میأنی کَتھ یہٕ ؤنِتھ زِپرٛ أنٕہن تہٕ خوشک ووستادن اَژن نہٕ نوزمانٕکی یِم مسأیِل دِہاغس۔ بہٕ گوس کوٚل۔

خأربہٕ اوسس عادتاً اَز تہِ پننہِ نِس کمرس منٛز اخبار پران زِمُنہِ آولاران

لاران۔

دادا جی دادا جی ۔میٲنہ وۄنمس أنکھ نستہ پیٹس پپٹھ وألتھ ۔۔ہاں بیٹا بتاو،تس

أس اتھس منز کوستام کتاب یتھ سہٕ مدأے گنٛدتھ وُچھان اوس۔

'' دادا جی یہ مہاتما گاندھی کے سامنے کونسی مشین ہے ۔میں نے تو پہلے

ایسی کویی مشین نہیں دیکھی ہے''۔نکن وۄن معصوٗم بُتھ ۔۔ڈبکس کھڑِس

گنٛدِ تمٕ ہاو میٲنہِ پٕنٕز کِتاب یتھ پپٹھ گاندھی جی ینٛدٕر کتان ہاونہٕ اوس

آمُت ۔میٲنہ آو فوٹوٗ وُچھتھ اُسن ۔

تہٕ پتہٕ وۄنمس ''بیٹا اِس کو انگریزی میں''SPIN''اور اُردو میں

''چرخہ'' کہتے ہیں۔اور ہاں اگر آپ کو سمجھ آے تو کشمیری میں اس کو''ینٛدٕر''

کے نام سے جانا جاتا ہے۔

نِکہ: دادا جی یہ چرخہ کس کا ہوتا ہے؟

دادا جی: بیٹا یہ لکڑی کا ہوتا ہے ۔جس لکڑی سے ہم کُرسیاں،ٹیبل ،

الماریاں،کھڑکیاں وغیرہ بھی بناتے ہیں۔

نِکہٕ:دادا جی جس پہ میں سوتا ہوں وہ بیڈ بھی لکڑی کا ہی ہے نا؟

دادا جی:ہاں بیٹا بلکل ۔

نِکُن یہِ اشتیاق وُچھتھ ژیوٗن مےٚ زِیہِ چھُ زانہٕ باپتھ بےتاب تہٕ موج تہِ چھس وُنہِ دفترے، چھنا صلاح بہٕ بوزناوَن یہِ تام کاٗشِر پاٗٹھی۔

آ۔۔تی گرٛ ھ جان۔

بوز ساجِگرا۔۔یہ سوری دُنیا یتھ منز اٗسی لسان بسان چھ یتھ منز اٗسی جہاز، ریل گاڈِ،بسہ، کمپوٹر،موبائیل ،سٹلا لایٹ بیتر چیز خیالی تہٕ اپُز باسان۔مگر اَزکل چھ یم ساری چیز اسہ بڑٕ ونٹھ کنہ حقیقتس منز۔اٗسی چھ کُنہ تہ چیزس متعلق تیٚلہ سونچان ییٚلہ اسہ تِمچ ضرورتھ پیٚیہ۔اکھ انگریزی محاورٕ آسی یادِ ے(NESSASITY IS THE MOTHER OF INVENTION) مطلب ضرورت ایجاد کی ماں ہے۔تِتھے پاٗٹھی یتھ پاٗٹھی گوڈٕ کاٗلکی لُکھ جنگلن تہٕ ونن منز ووریانے پھیران اٗسی تہٕ پتہٕ کُنہِ ساعتہٕ جنگلی جانورن ہُند مُسلہٕ لاٗ گِتھ ترِ،رُدَس، شیٖنس منز پنُن پان بچاوان اٗسی۔

بوزان چھُکھ سا۔۔نکَن کوٚر آنکار

اٗمی انسانن ییٚلہِ پنہ عقلہ ہُند صحیح تہٕ جان پاٗٹھی استعمال کوٚر تہٕ سہٕ گوکم جاۂ تہذیبی لِس آیہِ یہِ گَتھ ذہنس منز زِلس پزٕ پانٕس تہ شرٕن مُرٕن باپتھ موسمی حالاتو نِش بچنہٕ باپتھ تیٚوتھ کینٛہہ کُرن یُتھ زَن تِم وندس ترِ گٹکارٕ نِش

بچتھ ہیکن ۔بس أمی خیالن دیٚت لس وُتُش تہٕ تٔمی لوگ تیرٕن ییر ہیتھ سہٕ ترٕ گٹکارنش بچنہ باپتھ یتھٕ تتھٕ استعمال کرُن ۔وقتس ستۍ ستۍ بنٲو أمی انسانن ژرٕٹ تہٕ پتہٕ ووت سہٕ تہٕ وَق ییلہٕ سہٕ پنٕدر بناونس منٛز کامیاب گو تہٕ تٔمی لوگ یہٕ ییر أتھی یٔندرس پیٹھ کتُن تہٕ لوٚگ اتھ پلوپوشاک بناونہ۔

ہاں ۔۔اَکھ کتھ گٔیم وٕنٛی مُشتھ سو گٔیہ یہٕ زِیہٕ پندرکیاہ تہٕ کیوٚتھ اوس آسان۔

یندٕ مان تن ژِ أز کہٕ ووچِتھ لوکِٹ موکٕٹ فلٹری،اَتھ چھُ ہچو ٹٲر ہیوآسان تہٕ تتھ برٛ ونٹھ کنہٕ چھس ترٛے تھٕجہٕ تہٕ تٔمن منٛز گاسو کنزِ بند آسان۔ تٔمن کنزٕن منز چھُس اَکھ شیٖشِتر کیٛول آسان یتھ ''یندرٕ تُل' چھ ونان۔اکھ پن یتھ یونہ چھ ونان چھُ اتھ ٹٲرس پیٹھ پٹکی پأٹھی کھٲلتھ آسان۔ٹٲرس چھا کہٕ طرفہ أکس کُکہٕ چالہٕ ہیٛو جاناواربنٲوِتھ آسان یتھ ژٕکرچھِ ونان تہٕ پندٕر چلاون وول چھ اتھ شہادٕژ واجنہ اوٚنگجہ ستۍ گول گول پھرناوان یمہ ستۍ ٹٲر پھیران چھُ تہٕ ٹٲر پھیرنہ ستۍ چھُ یونہ کہٕ ذریعہ یندرتُل تہٕ پھیران۔اتھی یندرتُلس پیٚٹھ چھُ ییر کتنہ یوان۔

مےٚ تُج نِکہٕ لائنٛ کتاب اتھس کنتھ تہٕ چھُسبس اکہ اکہ یِم سامان

ہاوان۔

امہ پتہٕ اوس کانہہ تہِ ژٔنی یا مرد بیرٕ توٚمب ٹلان تہٕ اتھ زٲ ولی زٲ ولی پن کتان تہٕ تمن اکھ کوٚن بناوان۔ مان تہٕ سانہِ زمانک پَن نلکہ یاپَن گوڑہٕ۔ یمے زٕ ترٛے ڈینجہٕ رلٲ وِتھ اوس ووڈُر (ژادَر بناوَن وول) اَتھ ژادَر بناوان۔ یمن ژادرن اوس رنگ تہِ یوان دِنہٕ۔ کاژرِ رنٛگ مطلب (Brown) ژبے چھُے ساٹاٹھیا فکرِ ترٛ ان۔۔ نِکن کوٚرکلہٕ ہتیٚ آنکار۔

تمہِ وقتہٕ آسہے خالے کانہہ سہُ گرٕ ییٚتہٕ نہ ینہٕ رآسہے۔

نِکہٕ: داداجی یہٕ پینٛدِر آسیا کُنہ اَز، بہٕ وُچھہن؟

مے لوگ دھیان دیٛن۔ یتھ پاٹھی چھُم نہٕ یاد پیوان ۔آ۔۔أ۔۔ شہرٕ آسہِ عجایب گرس منٛز۔

نِکہٕ: ''مے ہاوِکھا کُنہِ دوہ یہٕ پیندرٕ۔۔داداجی''

داداجی: اَسہِ چھُنا نوِ ہفتہٕ أچھ ڈاکٹرس نِش گژھن بہٕ وَنے مائِلس ژٕنمتھ بہٕ پانٛس ہتیٚ تہٕ ہاوَے۔

ٹھیک چھا۔۔۔

نکہٕ: خوش گژھتھ: آ۔۔۔ بہٕ اَنے تَمہِ دوہہٕ نوٚی پلوٲ گتھ۔۔

نۄر گیہٕ گاڈِہٕنز آواز۔۔ ہِکن وون۔۔ے مےٚ باسان مےٚ آیہٕ ممی!'

امہِ بڑ وںہہ سہٕ نیر ہے موج آلیس برَس پپٹھ تہٕ کوٚ رَنس آلو۔۔ آجاو بیٹا HOME WORK کرو پہلے۔۔۔ سہٕ دڑ اولو تہ لو تہ میٚانہ کُٹھ منٛز تہٕ برَس پپٹھ وٲ ٹِتھ کوٚ رُن پوٚت پھیرِتھ مےٚ أچھ ناٹ۔



# دأنٕ ٹُل

تَس اوس لوکچارٕ پیٹھے پرٛ أنٕ چیز، پوٗنسہ، کتابہ بیترِ جمع کرنٕک، گامَن گُٹھن ہٕند بن ناون پتہٕ کنہِ اصلی معنی مطلبُک پے کڈنٕک چِشقہ۔ اِوٕ موکھ اوس سہٕ اکثر لوکن ستیٖ کتھٕ کران، نیب تہٕ پے ژھانڈان۔ لوکھ أسی تَس کتھٕ کُتائلی زأنتھ تس نش لوٚب ہیوان۔ مگر ستیٖ أسکھ پرٛژھ تہِ زِیہ یتہِ ونان چھُ سُہ چھُ آسان علمی بُنیأزن، تہٕ تحقیقس پیٹھ درتھ۔

اَز تہ اوس علی چچہٕ وانہ تھرس پیٹھ بہتھ موقدمَس کہتام پرٛژھان تہٕ اکھ شُر آوُس بُتھ تہِ لوٚگس ونٕہ نہِ۔

علی چچا۔۔علی چچا۔۔دَپان حض تو ہہ چھُوتوٕ أرتخس پیٹھ سٕئ نظر؟ یہ چھ حض پوٚزی؟

علی چچِس آو اُسن ،تۂ اسوٗنہِ دہانۂ وۏ ننس ۔۔زیادٖ نسا چھم خبر ووں گوژے کتھ سناپپٹھ وۏ نتھم ؟

یہ حض اوسم معلوم کرُن ’’دأذٖ تُل‘‘ کتھ حض ونان؟

علی چچِس آو بڈِ بڈ اُسن ۔ژےٗ کُمی ساٹا ٹھیا یہ وۏ نمت ؟

اسہ حض وۏن نانہ یۂ سوال دۏ پن دأذٖ تُل گَتھ چھٖ وَنان۔تتہِ نۂ حض دژ اوکأنسی ۔اوے موکھ حض آوٗس بۂ تو ہہ ٖنش ۔

علی چاچس پھوٚلی ؤٹھ۔۔۔اچھا۔۔اچھا

پتاہ ہسا چھم مالیا۔۔سونچان ہسا پچھس وقت کوتاہ تیز چھ ژلان ۔سہ تہِ اوس وقت ییلہ پرٖ ہتھ کأنسہ ہنز زبٕ پپٹھ امیک ناواوس۔۔۔واے۔۔

اَدِ ساگوٚ براکیٛاہ پڑ ژھاوُتھ ژبے ۔۔دأذٖ تُل گَتھ چھٖ وَنان۔

بہہ سا مالیٛا پتھر دَم سندأ رِتھ بوز ۔بڑ ونہہ کالہِ ہسا أسی سأری لُکھ گرِ گرُس بناوان۔

شُر :گرُس !تہِ کیٛاہ حض گو؟

مےٗ گیاومشر پھ،ییٚلہِ نۂ تو ہہ دأذٖ تُل پے چھُ کتھ چھٖ ونان گرُس کتہِ آسہِ پے کیاہ گو۔بوز

ییٚلہِ أسی شُری أسی سارنی أس گرِ گاو، گُر، تیری، کوکر بیترِ۔گاوأس دوٕدِ ہنا دِوان ۔یوتاہ دوٕد دوٕہس ورتاوَس لگتھِ پتہٕ ہُران اوس،سہٕ اوس أ ِکس بانس منٛز سومبرِتھ یوان تھاونہٕ یتھ ''کےٚ'' أسی وَنان۔واریاہن دوٕہن ہُند دوٕد جمع سپدِتھ أس گرٕچ کانٛہہ تہِ زِٹھ اَتھ دوٕدَس منٛز یہِ دأنٛی تُل ترٛ أ وِتھ اَتھ مندان،مطلب چھُ چھوٛنپ دِوان۔پتٕھ أس اَتھ کانٛیوٕ ژَھر تھاونہٕ یِوان،یُتھ نہٕ دوٕدِ چھکہِ لبن کھسن ۔مندان مندان أس اَتھ دوٕدَس پتٕھ تھٕنٛی کھسان ۔یہٕ چھوٛنپ اوس واریاہس کالس اتھ دِنہٕ یِوان تہٕ پوٚتُس یُس دوٕد ہیوٚ وسفید پتھ گُن روزان اوس تتھٕی أسی گُرُس وَنان۔یہٕ گُرُس اوس ہنا ژاشرِ سان آسان،اَوِ موکھ اوس لوکٹین بڈٕین خوش کران یہِ چیوٚن، یہٕ اوس طاقتی تہِ ۔پتہٕ اوس تِمن گرَن تہِ سوزنہٕ یِوان یِمن نہٕ یہٕ آسان اوس۔

بوزان چھکھ ساٹاٹھیا۔۔۔

اَہن حض بوزان حض چھُس ۔۔

اَصل سوال اوس چوٚن زِ ''دأنٛی تُل'' کَتھ أس وَنان۔تی یا۔۔۔؟

شُری کوٚ رکلہٕ ستہٕ آنکار۔۔

یہِ دأنٛی تُل اوس مان تہٕ أزیوٚک چایہٕ دۄن یمہِ سٍتۍ موج چایہٕ چھے
صبٔحس دۄن دِوان یا زامتٕس دوٚدس آب رلأوِتھ لٔسی چھ بناونہ یوان،نتہٕ مان
تہٕ مِکسَر (mixer) مشینِہ ہُند سہُ بلیڈ یمہِ سٍتۍ شیک Milk shake
بناوان چھ۔مگر دأنٛی تُل اوس یمو کھوتہٕ بوٚ ڈ آسان۔یہِ اوس ژکہِ اکھ زُیوٚ ٹھ
مُہل ہیُو آسان مگر کلہِ بوٚ ڈ کرتھ۔اتھ کلس أسس ژٕ دِۍ آسان تہٕ تِمن زدہن
منز أسی لوکٕٹ لوکٕٹ کانٛو کٔری لأ گتھ آسان یمہ کنٛز دوٚدس اصل پأٹھی چھو پنھ
اوس لگان۔ اتھ أس اکھ زأوج رَزلأ رٕگتھ آسان تہٕ یہِ دأنٛی تُل دوٚدس
منزترٛأوتھ اوس تتھ رزِ دوٚشووی اَتھو سٍتۍ لمنہٕ یوان۔یتھ پأٹھی اوس یہِ دوٚدس
منزترٛان تہٕ تتھ اوس چھوٚنپ لگان۔

توٚ رُےسا گوٚ برا سمجھ۔۔۔

اہن حَض۔۔۔یہِ وُنی توٚحض یہِ دأنٛی تُل آسیا کُنہ جایہِ وُچھنہٕ باپتھ۔
علی چچس پھٔلی ییہٕ وُٹھی،ژٕ چھُکھٕ گُلمرگ،پہلگام،اہربل گومُت زانہٕہ؟

اَہن حَض کرٕژ پھِر۔۔

آ تتہِ چھِتھ بالن پٹھ ڈوکن منٛز بسن وألی گُجر بأےوُچھمٕتۍ۔۔

اَہن حَض۔۔

تِمن نشہِ چھُونہِ تہِ یِم چیز موجوٗ دتہٕ یہٕ رٛوا ایتھ چھکھ زندٕ تھأومِژ۔ وونی ییٚلہ یُہس گرٛ ھکھ تِمن وٕنی زبٕم تِم ہاونے ضرور۔

اچھا علی چچابہٕ نیرے تیٚلہِ بہٕ ونے گرِہُمن جواب تہٕ زینے ینامہٕ۔

اسلام علیکم۔۔



# یئٹ

بۂ گوس اَزتورخبر کاۤ ئیتاہ کاۤ لی۔ گوڑ ماچھ گامہ پیٹھ شہروسُن تہِ سہل کتھا۔میئانس باۤ لیس اۤ سی اتہِ ووڈی برابر داہ ؤری گاۤ ئمتی بسان،شامس نہما زاپرٔ تھ وۄن تمو شُر ہن تمِ وُچھن تام ٹی وی تہٕ اۤسی کروتام اورچ یورچ کتھا باتھا۔ژیر تام کتھا کتھا کرتھ ییٚلہ بتہٕ کھنٛک موقعہ ووت۔اتی ٹرنچا اَ کھ تہٕ مائِلس وۄنن۔

پاپا جی آپ جلدی میرے ساتھ آیے۔۔

اۤسی گیہٕ حاۤران خبر خاۤرے گوٚ ژھ آسُن ،شُر یو ماژھنی کانگرتر اۤ وتھ یا کانہہ

اتُر ما کوٚ رکھ؟

مائلِ وﯚنُس ہاں بیٹا سب خیریت ہے۔

ہاں جی ایک چیز ٹی وی پہ آپ کو دِکھانی تھی۔ نچہِ وﯚنُس اَتھس تھپھ کران۔

سہٕ توٚ راپورتہِ کینژھی کائلِ توراسان اسان واپس۔

مے پرٛژھُس۔۔'' کیاہ ساۂ لیل اٚ س۔۔

تٔمِ وﯚن'' یہٕ حض اوس آسام ریاہس متعلق خوٚصوصی پرٛوگرام چلان۔ أتھی منٛز أسی اتہٕ ہاوان زَنہِ چایہٕ باغن منٛز چاے ٹُلان۔ پٔتہٕ کٔنہٕ تم ییٚچہٕ ہیتھ۔ یم اٚسمِ شُری ونان اَتھ کیاہ چھ ناو۔

اچھا۔۔۔ژٕ بے کیاہ وﯚن تھکھ۔۔

مے دﯚپمکھ۔۔ۂ لوتزٕ و بیپرانکل جی ونۂ سأری دلیل اتھ متعلق۔

دَپ سامے کٔرتھ اگادِ۔ اَزٕ آیاس واریاہہ کائلِ مے دﯚپ کتھا باتھا کرو۔ چلو مے چھُ یہٕ کارگرتہ الٚس آسان اَزتہِ زَن دیُت بیا کھ کلاسا۔ شُری گژھن خوش۔

شُری ژٕری سأرِی یوٚ ری تہٕ ہیٚٹھم برٛونہہ کنہِ۔ تہٕ مے کوٚر ہیٚنس کلاسس بسمہ اللہ

اَچھاتہِ ٹاٹھیٚو کیاہ ساوٗ چھوتو ہہ۔۔۔

ہم نے کیا دیکھا کہ بہت ساری عورتیں اپنے شانوں پہ کچھ باندھے چاے کی پتیاں جمع کر رہی تھیں۔

گوڑٕ ونِ توٚمے گاش پٹہٕ تو ہہ چھا کاشُر فِکرتژ ان تہٕ کنہٕ نہٕ؟

آ... اَنکل جی اَسہ حض چھُ فکرتژان تہٕ بولن تہِ حض چھُ تگان۔ سکول ما حض چھِ کاشرِ پاٹھی کتھ دِوان کرنہ مگر ابو جی تہٕ امی حض چھ اسہ کاشر پاٹھی کتھ کران تہٕ باقی کتھ تہِ ہیچھناوان۔

آ۔۔تہٕ گوٚو جان۔

اچھا۔۔اتھ بانس یتھ منز یم چاے جمع کران اَسی ،اَتھ چھِ کاشر پاٹھی ''یئٹ'' ونان۔

یمن ژوٗل پھِر کرِتھ اسُن نیر تھ۔

یہ چھَ حض ییٚتہِ کشیرِ منز تہِ لبنہٕ یوان؟

آ۔۔آسان ہے چھِ۔

مگر ییٚتہِ کتہِ چھ چاے بنان یم چایہ ہندی باغ چھ آسامس منز۔

مگر باقی فصل چھنا آسان۔کاشر یئٹ اَس نہٕ فصل سوٚمبرنس لگان بلکہِ

ٲس باقی کامہِن تہِ لگان۔ أتھی منٛز وۄتھ بۆڈ نکہٕ۔

''انکل جی یہ کٕچھ تہٕ کرٕتھ ٲس آسان۔

بوزوسا یِتھ پأٹھی کھارشٕشتر سامان بیلچہٕ، تبر، ٹونگُر، گیٹ تہٕ باقی چیز چھُ بناوان تتھے پأٹھی چھ کأشر دست کار یَس کانٛیل ونان چھِ یُس کانگرِ چھُ وونان تتھے پأٹھی چھُ سُے کانٛیُل کانہِن'' مورہِن'' ہُند مۆٹ قسم انان تہٕ یمن یٔٹ وونان۔ اَکھ پھوتہِ یا پچہٕ ہنز شکلہِ پتہٕ چھُ اَتھ سہٕ کھلس یا آنگنس منٛز دوٕن ترٛہِن دوہن کنہِ پَل پیٹھ تھاوان، یُتھ امیُک کھجَر کم گژھِ تہٕ رَٹہِ یتچہٕ ہُند آکار۔

شُری وٲس مےٚ مُد ٲسے گٔنڈٕمژ زَن تہِ ٲسۍ أچھو وچھان۔

مےٚ کٔری زن یم خابہٕ منٛز ہُشار۔۔ تۆ ہہ چھِو سا بوزان۔

شُری وِ کوٚر آ نکار۔۔۔ اہن حض انکل جی۔

کٔشیرِ ہنٛز اکثر آبأدی چھِ گامن منٛز روزان، سأنۍ پأٹھی تہٕ اکثر لوکَن ہُند کار چھُ زمیندٲری۔ زمینس پیٹھ سپدن واجنہِ جاۓ ترٛ کامہِ آسہٕ اَمی سٟتۍ سپدان۔ اَتھ یتچہٕ اوس شانن سٟتۍ پتہٕ رَزیِوان کرنہٕ یوس سپٟنٛس نِش بند گژھان ٲس۔ پتہٕ یُس کانہہ چیز اَتھ منٛز سارُن آسہے سہٕ اوس سارنہٕ

یِوان مثالے سیرِ،مَل، گُہہ،سۄر،میٚژ بیترِ۔یٲٹ شانن ستۍ اَٹہٕ گٔرِتھ آسہ تٔمِس شخصس نرِ یلٚے روزان تہٕ سُہ اوس یمو اَتھو بیٚہ کانہہٕ چیز تہِ ٹُلِتھ ہٮ۪کان۔

مگر انکل جی۔۔ٹی وِی پیٹھ اوس نہٕ اَکھ مرد تہِ یہٕ یٲٹ ہٮ۪تھ۔صرف آسہٕ زنانےیٲ ژ۔

وُچھ سا گوبرا۔۔درصل چھہٕ گَتھ یہٕ زِ کٔشیر نبر چھہٕ زنانہٕ کیٛو مہٕنوی ہشِے کامہ کران۔تہٕ سانہ کٔشیرِ منٛز چھنہٕ زنانہٕ زیادٕ موٚ زۄ رِکران۔

نِگَن ژٔٹ بیٚہٕ میٲنٛی گَتھ تہٕ وۄنن۔۔اَنکل سائنس گامَس منٛز آسیایہٕ اَزتہِ کُنہِ شایہٕ؟

خوٗدازانہِ مےٚ باسان شایدنہٕ کینٛہہ۔ووٗنی ییٚلہِ بہٕ گرٕ گژھہ بہٕ وُچھہٕ تتہِ اگر کُنہِ جایہٕ آس تو ہہ کرہووبہٕ فون تہٕ تو روآ تتھ ہاوہووبہٕ تو ہہ تہِ۔

آ۔۔آ۔۔۔مےٚ پیٛو و یاد۔۔غنی کاک چھُ اَسہ ہمسایہٕ گامس منٛز بسان تس اوس لوکچارٕ پیٹھے پرٲنی چیزٕ ژھرِتھ تھاونُک شوق۔تٔمۍ آسہ ضرور تھاوِمژ یہ موجود۔بہٕ وَنے یورٕ گژھتھے تَس اگرتَس نش آس تمے بہانہٕ ییٚو تو ہہ تہِ پرٲنس وطنس،تہٕ وُچھوتُہندی جداجداد کتہِ تہٕ کتھس ماحوَلس منٛز آسی لسان

بسان۔

ٹھیک چھا۔ ۔شُر یوکوٚ راسان اسان تۂ خوش گُرشھتھ ژَرِپوٚ پ۔

مبے دوٚ پمکھ امی ونوشیرِ ووں بتۂ سانہِ آسہِ گاٸمی گام شوٚ نگمت۔



# راتہٕ موغُل

تمہ دوہہ تہِ اٚسی وَنس منٛز سأرِی جاناوار جمع گأمتؠ۔ پادشاہٕ سندس
نادس کن تھأوتھ اوس یمو آلٕین منٛز شُرٚن یہِ بوومُت زِ پادشاہ سُند حکم چھُ
خوداے سُند حُکم آسان۔ اَسیے ژٕیر تہِ گرٛشہ پرواے بُرٕی زٕو نہٕ، بانٛبر رٕیٔڈ زٕو
نہٕ۔ پٔنٛنٚن پٔنٛنٚن آلٕین منٛز بہِہ زٕو، نٔبرٕ ینہٕ وُپھِ گٔندیو، پنہٕ پوٚنٛپرؠ وُچھِتھ
ینہٕ تنبلیٚو، ترٛ لیش ہے لگہِ وٕصبرس ہیہٕ زٕو کأم۔ انہٕ گٔژھس ینہٕ کھوٚ ژِو، اَتھ چھُو
پتہٕ گاش دوران، سُہ ترٛ ایہٕ نہٕ اتھ۔
اٚسی نیروا۔۔۔ شُر ہٕو دِتُھ اسان اسان روخصت۔ تہٕ تِموترٛ آ ووُپھ۔ مأنزِ
پَلس نکھٕ اٚسی ساری پکھٕش جمع گأمتؠ۔ بُلبُل، ژٕر، ہأر، کاو، کُکِل،
بَطُخ، کٔنٛج، گِل، کوتُر، ژٕنہٕ ہانگُر، کوٚستوٚر اٚسی سُلی آمتؠ، تہٕ ووٚنؠ اٚس گانٛٹھ

،أنز،راتہِ موغل،وارٹیل،پٹہٕ ہأر،قُمیر،کولُر،پنٕدِ چھ،بزٚگ،کرنڈ،گولُر،کُنز،
پچھُنٕ،کُیس،سونہٕ مُرغ،رنگہٕ راوُل،بَلج،تُھج،ستُت،سونہٕ چُر بیترِ پکان،
کینژن ہُنز آے شُچھ زِتم چھہٕ وَتے۔

کستوٗ رکھوٚت مائزِ پلس پٹھ تہٕ شاہی فرمان مُرژُن یُس أ کِس
سونہرٕ کپرٕس ولِتھ اوس۔یہٕ اوس سونہٕ میلہِ لیکھتھ۔سہٕ ووٗتھ جاناوارن پننہِ
مُد رِہٹہٕ۔

''یہٕ چھُس تو ہہ سارنی یتھ جایہٕ جمع گژھنس پیٹھ مبارک کران۔اسہ
سارنی چھ پے زیتھ ونس منز دوہہ دوہہ کڈُن کوتاہ کُڈُ رچھُ۔مگر تہٕ کرتھ تہ
چھُ اسہ پادشاہ سلامت سُند سبٹھاہ خأر زِکُنہِ تہٕ چیز چ چھنہِ اسہِ پرگی۔تتھ
پیٹھ چھہٕ أسی تہندی شُکر گزار۔تہٕ ازیُس شأہی فرمان اسہِ پادشاہ سلامت
سُند ووتمُت چھُ تتھ منز چھُ لیکھتی زِ پننہِ طرفہٕ چھُ اسہِ اکھ جاناوار سوزُن تہندس
دربارس منز بطور نمایند۔اتھ پیٹھ کوٚر سارِوٕی ژٔرِپوٚپ۔

کستوٗ رووٗتھ'' اَمہِ بزٕ ونہہ یہ کرتسند ناوُک اعلان یہٕ پاوٕ تو ہہ ژٕتس زِیمہٕ
وَنہٕ کُہن اکژ بسکین دارن تہٕ گاٹلہن چھُ اسہ یہٕ موقعہ امہِ بزٕ ونہہ تہٕ
دیتمُت،یموتتھ قدرتہِ تھاو،ازکرِ یہٕ أ کِس تِتھس جاناوارسُند ناوُک اعلان

یُس نہٕ توٚ ہہ سوٚنچُھتی آسہِ ۔ تِم گیہٕ جناب راتہٕ موغل صأب'' ۔ ناو بوزتھی کھیہٕ تٔمی پانہٕ ووٚٹھ لیس نندرِ زانگُر اوس ۔ امہِ برٛ ونٹھ زِ تِم اَنکھ بہٕ پانس نکھ تہٕ شاہی اجازتھ نامہٕ پشُر کھ ، بہٕ دِمہٕ یُہند موخصر تعارُف تِمن یِم نہٕ یِمن متعلق زیاد زانان آسن ۔

توٚآ رتٕخ چھہٕ وَنان زِ ''ییٚلہِ برگدگُلی زمینہِ منٛز بُتھ کوٚ ڈنوٚن ، گوڈنٮ۪ک جاناوار اوس راتہٕ موغلے یِمی باقی جاناوارَن یہٕ ژٕنتس پوو زِ ییٚلہِ یہٕ برگدگُل بوٚڈ گرٛژھ اَتھ نیٛرن شاخ تہٕ بیٛہٕ ترٛ اوِیہٕ رزٕ ہِش بون کُن یِمن انسان دُکہٕ وُٹھ تہٕ اَسہ باپتھ بناوِ ژھل تہٕ اَسہِ رٕٹتھ کرسون شکار ۔ یہٕ بوزتھ ترٛ ووٚس سارِوٕی اَسن کھنگالہٕ ۔ زِ ہتھ وٕری برٛ وٕنہی چھُکھ خبرٕ ونان ۔ بوٚزی زٕبس توٚ تام ۔

اَمہِ پتہٕ آو بٔلی واپھ ، انسانن وۆ ودانہِ تہٕ کُنٕکھ ۔ یہٕ آو تِمہِ ساعتہِ تہٕ ژرٕن زِیہٕ دانہِ تہٕ کُنٕکھ نیو جل جل کھٕتھ نتہٕ بٕنن اَتھ تہِ پتہٕ رَزٕ تہٕ أسی لگو زالس ۔ مگر یِمو دیٛتُس تِمہ ساعتہ تہِ کنہٕ ڈۆل ۔

اَکہِ دوہہ شامَس چھُ راتہٕ موغُل برٛ نہٕ لنگس پیٛٹھ بہٕتھ تہٕ تٔمی وُچھ شُکأری بندوق تہٕ زال ہٕتھ وَن اژان ۔ أمی زون امہِ وِزِ تہِ باقی سأتھین

حبٕس دیٛن جان۔ مگر تِم اَسی نژنس تہٕ گوٚنس منٛز مَس، دۄ پھس ژبے چھُے بُجرس منٛز مژر آمُت، نیر گرٛ ھ شوٛنگ۔ آخر دِل ملول گرٛھتھ پھیٛو رواپس تہٕ بیوٚٹھ۔ شُکاٗری اوس بژٛ ونٹھ بژٛ ونٹھ پکان تٕمی لاٗے گوٚلی اَدٕ ژٛرِتارٕ آیہٕ بوٚن لاینہِ۔ ژپاٗری گودَم باقی ساٗری جاناوار گٔیہٕ روٚ زِتھ۔ تَمن آیہٕ راتہٕ موغلہٕ سنز سارے گَتھ بژٛ ونٹھ کُن پرٛ زبٕنِتھ۔ تِموسۆ ر زِسون گاٹُل دوس اوس سون خاٗر خاہ تہٕ ہمدرد۔

ییپاٗری اوس بر گَد کُل تہِ بوٚنی ہیٛو کھڑا۔ تٕمی آسہٕ زاچھ زاچھ رَزٕ تہِ بوٚن کُن ترٛ اومژٕ۔ دانہ تہٕ کُنکھ تہِ اوسُکھ لونمُت۔ کینژ وگرو اوس پنجَن کیٛوتھ گاسہٕ آبَس ترٛ ومُت۔ جاناوار پیاے ووٚنی پایَس مگر ژیر اوس گومُت۔ تِم آیہٕ ووٚنی سٕمِتھ راتہٕ موغلس تہٕ وٛنہس ''اَسی چھ پنہٕ نِس گٔری مِتِس پپٹھ سبٹھاہ شرمند۔ مگر ووٚنی اندنہ تَمہ ستی کیٛنہہ۔ سانِہ شُرٕ ہُند گٔری تو خیال تِم اَسی ودان۔

یہ تہِ اوس ووٚنی ووٚش ترٛ اوان تکیا زِ وق اوس گومُت۔ تٕمی پوٚو تِمن یُتی یاد زِ وقتس پپٹھ یوٚ دوے تو ہہ زِٹھِن ہُند آسہ ہومونمُت یہ دوٚ ہہ ماپیہٕ ہو وُچھُن۔ تٕمی ہیٛژ تِمن زیٹھ اَستھی معافی زِ بُتہِ ہیکہِ نہٕ ووٚنی کہنٕ تہِ

کرِٕتھ۔ یہِ ؤنتھ کھوٚت سہٕ بیٚہِ بڑنس پپٕھ تہٕ اوس ؤ دأسی پأٹھی بہتھ۔ گُو... گُو... گو

اَز تہِ ییٚلہِ ڈؤنی گُلس یا بڑنس پپٕھ راتہٕ موغل بُتھ بون کُن ژھنتھ بہتھ گُو گُو گو چُھ کران، تَس چھُ ژربن تہٕ باقی جاناوارن ہٕندس نہَ بوزنَس پپٕھ اَز تام پھیران۔

یہِ بوٗ زِتھ گوسورے وَن زَن دَم پھٕٹ۔ مگر کستوٗ رٕسنز میچھ بولہِ اؤن سورُے وَن بیٚہ وو لسنس تہِ کیٛا زِیمو کوٚ رُس وعدِ زِأ زکہِ وِزِتھاوِن تم تہندِس نادَس گَن۔



۱۔ اکہ ہندوستأنی لُکہٕ کتھ نِش متاثر۔

# سفرنامۂ ''ژار''

۱۴ جلے ۲۰۱۵ء بروز جمعہ، مے اوس کالے محمد مرشُدس وعدد یتمت زِ چائنس یتھ زا دوہس پپّھ کرتھ ژِ بۓ اکہ ہمیشہ یاد تھاون لایک ڈالہ ستیٔ خوش۔ییلہ زن تمی واریاہ زور کریا وےٚ زِ بۓ ونہ لتس مگر مےٚ وۄنس نہٕ البتہ دۄ پمس زِ ژِ چھکھ ژیر نندر ووتھان صبحس ؤتھی زِ سلے اسہ چھُ اوری گژھن۔صبحس پۄٔعلی لالن بانگ تہٕ بۓ وۄتھس ستیٔ تُلم سُہ تہِ تُٲمی ونیاوتام نہٕ ابو،بس زِمینٹ،اکھ منٹ مگر ییلہ مےٚ ڈٲلی یادپاؤس تمی ژھنز لینف ہورتہٕ چھوٚلُن اتھ بُتھ۔مےٚ ووٚنمس زِ اسہ چھُ ازاۓ کس خوبصورت سفرس پپّھ گژھن لہٰذا پَر ژِ تہِ نماز مگر تُٲمی پر زِ ے رکاۓ ژتہٕ دۄ پن نیرو۔جاناوارو اوس اۄ تام بول بوش لوگمت۔میےٚ کریاے یم بولہ پریزناوچ کوشش مگر کینہہ نٔوی جاناوار آس ی شاید آمتی یہنز مدر آواز مےٚ ہیٚچہ نہٕ پریزناوتھ،مگر کُکلہ،ہارِ تہٕ بلبل سند بول بوش پریزنوٚم۔مرشدن تہِ بوزِ یم بولہ سُہ گوٚو سٹھاہ خوش،مےٚ دۄ پس یم چھ خداے سندی ساز،تُٲمی ونیاو تہِ کیاہ گوٚو دۄ پمس کہنز نہٕ،،بوٚ ڈ گژھتھ سمجھ پانے۔اسہ لاۓ ج

چاے چینِزٕ توٚ تام آسہ اختاب زٕژٕ شیشوٕ کیٚ دانہٕ کھٹھس منز واژمٕژ۔

اُسی درایہٕ تہٕ واتی کھی کولگوم۔ یہ چھ سائنس گامس نکھے۔

استان گیٹس پیٹھ وؤن مےٚ مرشدس" یمہ پاک سفرک بسمہ اللّٰہ تہٕ چھ یمی جایہٕ پیٹھ گومت تہٕ اُسی تہٕ تٕلو یتی پیٹھ پننس سفرنامس دَس۔ اُسی ژایہٕ اندر استان آنگنہ چہن بوہن پیٹھ اُس جاناوار ووٕنی ژھو پہ کرمٕژ، کینہہ بزرگ اُسی اندرٕ عبادتس منز مصروف تہٕ اکھ بڈٕموج اُس پانس اُندی اُندی کوترن پھل تراوان۔ اُسی ژایہٕ دوٕ چھنہ اندکُن باغس منز۔یتھ منز شیخ العالمؒ سنز سدرماجہ ہند یٚ نقشِ پا، سید سمنانؒ سندِ گُری پڈرن ہندی نشان، حضرت شیخ العالمؒ سند پاے مبارک کنہن پیٹھ کھنتھ اُکس شیشہ گمبزس منزٕ ژھرتھ چھ۔یتھ اتچہ مقامی کمیٹی لوح لاگتھ تھومت۔ ابو یہ کوس جاے؟ مرشدن پرٛژھ مےٚ۔سونچم ونس کیاہ تہٕ دپس کوٚت... سوالس اوسم جواب دین لہٰذا ونمس درجواب"سانہ۔یتھ کشیر چھُ بیاکھ ناوریشہ وأر، مطلب ییتہ چھِ گامہ پتہٕ گامہ کانہہ نتہٕ کانہہ نیک انسان اوسمت یُس یرٕ بتھ دورس منز انسانیتُک سبق اسہ دیتمت چھُ۔یمنے منز اوس اکھ ریوش، ولی یس شیخ العالمؒ تہٕ علمدار تہٕ ونان اُسی۔اوٚ تام درایہٕ اُسی استان منز تہٕ گاڈی سٹاٹھ کرتھ یکی بڑ ونہہ کُن۔کوٚ تام واژوس بیٚ۔۔ آ شیخ العالمؒ ...یم

زاپۍ 1377ۂ ء أندۍ ژِکو ۔ مألس اوسکھ ناو سالار دین تۄ ماجہ اوسکھ ناو سئدر مأج ۔ شیخ العالمس اوس اصل ناو نند سنز ۔ موج اُس اُمس اُتھۍ کھِی گامس منز روزان بیتہ اُسۍ اُسۍ ۔ یمو دیت عالمس شعرن منز انسانیتُک پأغام ۔ أہندس کلامس چھ شرک ونان ژٕرے تے اکھ یاد چھُے ۔

''علم چھے صندوقس سون زن برُن
سأوس سودا چھُے پکن یو ے''

آ ۔ آ ۔ تس پیو و یاد ۔ یِیلہ یہ پاپۍ بۆ ڈ گونمات یمہ عالمہ دراو أہندس جنازس دیت تمہ وقتکو بادشاہ بڈشاہ صأبن پانے نگھ ۔ کتھن کتھن منز اُسۍ اُسۍ اؤ تام پأری وَن وأتمتۍ ۔

وچُھ ساما لیا ۔ ۔ یتھ گامس تام چھ سأنی بزرگ مانان زِیوٚ تام چھُ پتھ کالہ جنگل اوسمُت اوے موکھ چھُ گامس پو ت لوٚگ ''وَن'' یوان ۔ اکھ ڈوڈ میلا پکتھ آو دوری ٹینہ پش دتھ اکھ بوٚ ڈ گام اتھِ مےٚ وۄ ن مرشدس ہُہ گام چھےٚ پے پۍ کُس ؟ تمۍ کوٚ رکلہ ستۍ نکار ۔ ۔ تۄ مےٚ وۄنس اتھ چھ ناو ''کاپرن'' اتی اُسۍ بسان امین کامل، ناجی منور، شفیع شوق یمو پننہ علمہ ستۍ کاشر زبأنی منز پنن ناو نچھنو و، أہنز کتھ آسۍ ہور تام جأری ، یوٚ تام اُس سأنی گاڈی شپین قصبس منز

وأ ژ۔مےٚ وۄن مرشدس یتھ علاقس چھ ونان ''شپین'' امیک پریون ناواوس '' شپنہ وَن'' یعنی شنُک جنگل ۔یوٚ ہے چھ سُہ علاقہ یُس سانہ کٔشیر پرانہِ زمانہ ہندوستان ہوس عظیم ملکس ستۍ رلاوان اوس یتھ ''مغل روڈ ونان چھ، مغل وتھ اِمو کھ تہِ کیازِ یہِ چھ مغل بادشاہو بنأومژ۔امی وتہِ کنِۍ چھ شاہ ہمدان کٔشیر وأتۍ متۍ تہٕ اسلامک نور پھألومت ۔یوہے چھ سُہ ضلع یتھ (apple town)تہِ ونان چھِ تکیا زِیتہ چھِ ساروی کھوتہٕ زیادٕ ژونٹھ فصل نیران یُس پتہٕ ملکہ کٮ۪ن کونن کونن منزواتان چھ۔سون سفراوس جاری تہٕ قصبہ نیبر واتنٕچ اُس تأرمےٚ پیپہ کھورٕ پاسہ سڑکہ دندس پیٹھ نظرمےٚ لأج گأڈۍ اندس کُن تہٕ مرشدس وۄنم بۄن وسنہ باپت۔ تُٔمۍ وون ''کیازِ ابو؟ مےٚ دۄپس '' وَس ساژٕ بۄن ونے نا....بۄن وستھ نیومےٚ سُہ نکھٕ کس ناگس پیٹھ تہٕ دۄپمس چھل سا اتھٕ بتھ۔گرم اوس سخ۔ اتھٕ بتھ چھٔلتھ تہٕ بونہِ شہلا کرتھ کوٚ راسہِ اور یور چکراہ تہِ پتہٕ وۄتھس بہٕ تُٔمس یتھ جایہٕ چھِ ونان ''بلہ پور''۔کشیر ہنز پٔنٕز مشہور مثنوعی ''ہی مال نأگی راے'' ہند قصہ چھ یتۍ وونہٕ آمت ۔یہ چھ اکھ رومأنی دلیل یتھ منز ہی مال تہٕ نأگی راے ناوکۍ کردار چھ،۔ہی مال اکھ انسأنز کور تہٕ نأگی راے تل پاتالُک سرپھ ذأژ ہند شہزادٕ ،أ ہندنی ناون پیٹھ چھُ یتھ ہی مالہ ہند ناگ تہٕ ہوتھ ناگس یُس

ہمن زرنڈن منز چھ ''نأ گی رائے سند ناگ ناوتھاونہٕ آمت۔یہ مثنوی چھ کأشر تہٕ ناگ قبیلہ کہٕن رشتن ہنز یاددہأنی تہِ کرناوان۔امہ برٛونہہ زِ أسی کھسہو بیہ گاڑٕ مےٚ پیپہ دۆ چھنہ طرفہ وتہٕ ہندس تتھ بوڑس پیٹھ نظر یتھ پنزِ ر (پنجورہ) لیکھتھ چھُ۔مےٚ وۆن نکس زِیوٚ ہے چھ سُہ گام ییتہ موے مقدسؐ موجود چھُ۔اوتام أسی أسی رنبی آرِ کِس کدلس پیٹھ وأتی متی یتھ رنگہ کٔدل تہِ ونان چھ۔نکہ گوٚو حأران یوتاہ بوٚ ڈ دریاو وچھتھ،کم آب آسنہٕ کنی اوس یہ آرِ باسان دود کنہٕن ہند اکھ سمسارا چھُ اتہ نظر گژھان۔مےٚ وۆن تس یمی دریاوچ بیٚنہ چھا ہر بل کول یور أسی واریاہ پھرِ گأمتی چھِ،تُمی کوٚر رکلہ ستی آنکارتہٕ گز داہ باہ پکتھ ٹھہراونوُس بہٕ تُمی کٔدلس پیٹھ بیہ گأڈی تہٕ وۆنُن ابوتوٚ ہی وُچھو بال چھ زن تہہ تہہ لاگتھ،گوڈ نک چھ شینہ ستی برتھ دۆیمس چھ یار گُلی یوت تہٕ تمہ بون کِس چھ چھاریو قبضہ کوٚرمت۔ابوابوتوٚ ہی وُچھو آبس منز سفید بطخ ہُمس أکس کأژاہ زیچھ پکھٕ۔۔ وائے۔۔امہ برٛونہہ بہ نیر ہامےٚ وۆن نِکس ''ون ساہُہ نفر کیاہ کران؟ تُمی وُچھ پنٕنی کنی غور سان مگر فہمس منز آس نہٕ۔۔مےٚ وۆنس پانے امہ سوالک جواب۔أمس چھ ونان ہأنز ''سُہ کیاہ گوٚو۔۔مےٚ دیتس جواب زِ یہ گوٚو سُہ نفر یُس گاڑٕ چھ رٹان۔۔۔اچھا۔۔سُہ گوٚو سٹھاہ خوش،امی ساعتہ ترٛووتُمی زال تہٕ أسی پکٕی

بۄ وِنہٕ کُن ۔ نکہٕ اوس تس سایڈ شیشہ منزٕ تہٕ وُچھان ۔

سانٛز گاڈی اُس ضلعٕ پلوامس نزدیک واتہٕ مژ مےٚ وُچھ گاڈ ین ہنز لانہٕ ۔نزدیک واتتھ لوٚگ اسہ پےٚ زِ بتھ چھ سہلابس ستی کدلہ ٹھُکھس نوقصان ووتمت ۔ گامہ وألی اُسی تتھ جایہ سکہٕ ٹھیلہ لاگان یتھ درماند گاڈ کُن واتہٕ ہن اتھی منز درایہٕ اکھا کھ گاڈ یا تہٕ اُسی تہٕ گیہٕ پار۔ییلہ اُسی مُرن چوک وأتی توٚ تام آسہ ۱۲ بجا مژ ، مےٚ وۄن مُرشدس بوٚ چھ مالجی تمٕ کُر ژھو پہ تہٕ پھوٚلس وُٹھ ۔ مےٚ لوٚب تسندس وٹھ کمجارس منز جواب ، مےٚ کُر گاڈ پارک تہٕ اُسی ژایہٕ اکس ہوٹلس منز ۔ اتھ اوس ناو " کاشُر واز وان" اندر اژ وُنی اوس اکھ قندکأری سماوار گرہکان ۔ ہی منز اُسی بہہ لمبکھ نیران ہنکن روٗٹ بتس ستی رستہٕ تہٕ مےٚ رٕ نٛڈ سبزی سلاد تہٕ زام دود ۔

اڈ تام آسہ ساڑٕ باہ بجے مژ تہٕ اُسی درایہ مُرن علاقس کُن ۔ وتہِ دوٗچھنہ کھورِ طرفہ چھ صرف ژوٗنٹھی باغ نظر گژھان ۔ سیوٚ د وتھ توٚ تام یوٚ تام مےٚ شاہ ہمدان متر گامچہ مشید ہندس بورڈس پیٹھ نظر پییہ ۔ سُہ اوس خبر کمن غوٚتن گومت ۔ییلہ مےٚ آلو کوٚرس تمٕ کھیہ ووٹھ ۔ تہٕ مےٚ وۄنس وَن سا گوٚ برا ۔

"وولو ہا باغوانو نو بہارُک شان پأدا کر...

یہٕ شعر کُمس شاعرٕ سند چھُ؟ تس اوس امہ سوالک جواب زٕنِ پیٚتس پپٹھ ، ابو مہجور صأبن ۔ اچھاون ساسہٕ کتہِ اوس روزان ،، متر گامہ تس اوس یہ جواب تہِ پے ۔ یوٚ ہے گوٚ ومتر گوم بیتہ شاعر کشمیر غلام احمد مہجور مرحوم روزان أسی ۔ ابو تہنز جاے آسیا ونہٕ موجودے ؟ مےٚ وۆنس آ کیاز نہٕ وُچھکھا ۔۔۔ آ ۔۔ وچھہو ۔۔۔ مے پھر گأڈی کھوٗری تہٕ أسی وأتی اور ۔ برزٕ پش کرتھ خوبصورت مکان ۔۔۔ زنتہٕ وسہ ؤنی مہجور صاب لورڈ کھرأ وتھ براندٕ بوٗن تہٕ اسہ ستی خار پاٹھ کرتھ دپہٕ ''أ ژو، دورِ پپٹھ چھوآمتی ٹیٹھ پیالہ چیتھ نیرو''

اتہِ نیرتھ چھ بییہ باغے باغ دۆ چھنی کھوٗری نظر گژھان یوٚ تام أسی رُمش دریاو بٹھس پپٹھ وأتی ۔ اتھ یپاری چھکھ شُر ہن گندنہ باپت اکھ خوبصورت مأدان بنومت ، کدلہ اپار چھ ناماوار گام رہمو ۔ اتہِ پپٹھ چھےٚ چڑ ایہٕ پیوٚان کھسُن تہٕ أندی أندی چھ کلبن ہنداکھ بوٚڈ سلسلہ ۔ ہیوٚ روأ تتھ چھ ووزُل قبہ کرتھ شومندر یوان یُس سبٹھاہ سجاوتھ چھ ۔ نکہٕ گووِیہٕ مندرو چھتھ سبٹھاہ خوش ۔ اتہِ پپٹھ گیہ زن جوٚم وتھ شروع لاچنو ستی برتھ ہٕجٕ کٕج وتھ ۔ اتہِ پپٹھ اوس سہ نوٚ وبے پاس ( bye pass ) نظر گژھان یُس سأنس ریاستس باقی ملکہ چھن ریاستن ستی میل چھ کران أتھی لر گوٚ ومرشدس بوٚڈ مادان ہیو درینٹھی ۔ تمی وۆن مےٚ ۔۔ یتہِ چھا

گندن مأدان بتہِ گرٕ ٕھہا تیلہ اکہ لٹہ اور کرکٹ گندنہِ ۔مےٚ دۄپ مس نسا مالیا یہِ چھنہٕ مأدان بلکہ چھ اتھ کوٚنگہٕ ڈرونان اتی چھ ساری دنیُک بہترین کوٚنگ نیران۔کوٚنگ چھ اکھ مسالہ یُس واریاہن دادٕن داوچھُ ۔یہس نمتھ ژٕ یہٕ اکتوبر رتٕس منز اوری یہٕ ہاوے اتھ کأتیاہ خوبصورت پوش چھ نیران'' سُہ وۄتھم در جواب'' یہٕ چھا ابو وعد۔۔مےٚ ذۄ پس وعدٕ۔

اۄ تام آسی أسی کلٕن ہند جنگلہ منز درامتی تہٕ انسأنی بستی منز ژامتی ۔سٹرکہ دۄ چھنہٕ طرفہ گوم مون لینڈ سکولک بوڈ نظر یتھ پتھ'' پکھر پورہ'' ناو لیکھتھ اوس۔مےٚ دۄپ نکس زِ أسی وأتی بیٚس أکس تأریخی بستی منز۔اسہ تھأو گأڈی اندس کُن تہٕ ژایہٕ استان۔مےٚ وۄن مرشدس زِ یہٕ سیپہ تہٕ سفید رنگک استان چھ مشہور بزرگ سید علی بلخیؒ سندیم افغأنستان پتھ یور آیہٕ تہٕ حضرت شیخ العالمؒ مأنکھ پٔنٕزِ پیر تہٕ روحأنیت تہ ہأوکھ۔مےٚ ہاوِتم کینہہ قبرٕ تہِ نکس یم استانس نکھے چھےٚ ۔لکھ چھ یہٕ کتھ مانان زِ یم چھ بلخی مرحوم سندی أشناو یم حضرت شیخن روحأنی کمال ستۍ تتہِ پتہٕ یور أنی ۔پکھر پور لفظک معنہ چھ'' زمینہ ژُگل'' اتھ لوکٹس قبرستانس منز چھ کینہہ گُلی یم نہٕ کأشیر منز ووپدان چھ۔یور چھ کأشیر ہندو طرفا تو پتھ لکھ یوان ۔اتیک بازراوس سجاوتھ نکن تہِ ہیتۍ کینہہ چیز تہٕ مےٚ دۄپ تس زِ

أسی پکو بڑ ونہہ اصلی منزلس کُن یوٚت اسہ واتُن چھ۔تمِ وۄن ابو کوٚت تہٕ مےٚ دیُتُس جواب''زار''۔

رہمو پیٹھ یوس موکُلو ؤلتھ وتھ اُس تژھے وتھ اُس ووٚنی بڑ ونہہ کُن تہٕ۔تقریباً۱۰-۹میل پکتھ وأتی ووٚنی اُسی زارِشریف بستی منز۔سندج تژ اونس اُس نہٕ باتھ۔اتہ چھ عام دوہن عقیدت مندن ہنز دِوَے آسان تہٕ از اوس جمعہ۔گنز آبأدی تہٕ أندی أندی ژوپأری ٹھوری ، یمنی منز باگ آن بان تہٕ پنٚز عظیم شان ہتھ اوس مزارِشیخ اسہ بڑ ونہہ کنہِ۔گیٹس اژوٚنی لگی پانے وردِزباں درود واذکار۔پنہٕ نس منفرد تہٕ بیوٚن طرزِتعمیرس منز چھ یہٕ آستان عالیہ زین العابدین بڈ شاہ صأبن۱۴۲۰-۱۴۷۰اِ منز گوڈنچ پھرِتعمیر کوٚرمت۔مگر وقتہ کیو حادثاتو کوٚ راتھ وزِ وزِ سبٚٹھاہ نوقصان تہٕ از یُس جدید طرزِتعمیر اسہ بڑ ونہہ کنہ چھُ سُہ چھُ سیمنٹُک۔اندر روضس منز اژوٗنے چھ اسبند ک مشک انزأنی روحانی سفرک احساس دوان۔کأشر ڈوٚنی ہچہ کامہ ہنز اعلیٰ فنکاری ہندی نوٚمونہ چھ اتہِ نظر گژھان۔استان عالیہ ہس منز باگ یتھ جایہ علمدار آرام فرما چھ تتھ چھ پیٹھ شیشوقبہ بنأوتھ تہٕ أندی أندی چھ نقش کرتھ بڈی شیشہ پیٔڑ لاگنہ آمتی ،یمو منزی قبرِ مبارکُک دیدار چھ یوان کرنہ۔ روضس پیٹھ چھ بُڈی فانوس لاگنہ آمتی یمو

سٕتؠ شامن تہِ اتہِ منديٚن آسہ آسان ۔ دارٕن ہيۆر رپھن چھُ پيپر مأشی ہنز کمال فنکاری سٕتؠ کلام شيخ العالمؒ تحرير کرنہٕ آمت ۔ کھورِ پاسہ چھٕ ہيۆر راکھ ہير کھسان يتہِ پيٹھ تمن باقی روضن ہندتہِ ديدار چھ سپدان يم باقی خليفن ہندی چھِ يمن منز نصر بابہ شيخ العالمس لرِ چھ دفن ۔

اسہ رؤ ٹ تۆ برک تہٕ دراےٖ ۔ نبر نيرتھ گوٚ واسہ نورأنی بُتھ کرتھ بزرگ نظر سلام عليک کرتھ پرژھ اسہ لتس ژار آستانس سٕتؠ وابستہ باقی چيزن متعلق تہِ يمن منز تموفرموو زِ بوٚ ڈ تلاو چھ ہوتھ جاےٖ تمو ہوواتھ سٕتؠ زِاتی چھکھ حضؔ شيخسؒ غسل ديت مُت ۔ پکھرِ بل ناوک ناگ تہِ ہوو يموا سہ دوری يُس حضؔ شيخؒ سند وقتک چھ ۔ اتھ ناگس چھ ازتہِ آب ۔ رو پہ ون ناو چہ جاےٖ ہندتہِ وؤن يمو يتہ اکھ کٔنی چھ يتھ متعلق يہٕ کتھ زبان زد چھِ زِ علمدارنؒ پرنأوی اتھ کنہِ پيٹھ باہ شتھ ۱۲۰۰ نفر نماز ۔ بظاہر چھ يہٕ کٔنی تيژاہ بٔڈ يتھ پيٹھ صرف اکھ نفر نماز ہيکہ پرتھ مگر يہٕ اوس کمالِ شيخ زِ تم أسی امامت کران تہٕ پتہٕ يُس يُس نفر يوان اوس کٔنی أس تيژاہ تيژاہ زيٹھان ۔ اسہ ہيۆت يمن اجازت تہٕ دراےٖ گيٹہ نبر ۔

مےٚ وؤن محمد مرشدس ''يہٕ اوس سُہ سفر يُس کھی گامہ پيٹھ شروع سپد تھ ژارِ کس يتھ ٹينگس پيٹھ قرار چھ لبان ۔ ون ساگوٚ برکژھ أس چأنس زادہس پيٹھ

یہٕ میأنۍ ڈٲلۍ؟

۔۔بہترٖین ابو۔۔بہترین۔۔توٗ ہنز واز تام چوٗساروٕی ڈالیو منز أس یہٕ خوبصورت۔

اوٗ تام أسۍ أسۍ پکان پکان بازروٲتی متۍ،اتہِ پییم کانگرِکنن وٲلس أکس پیٹھ نظر۔مألۍ اوس مےٚ خبرٕ کرٕ پھرِ وۆنمت ''ییلہ تہٕ زانہہ ژار کرٕ ھکھ توٚ برکس ستۍ أنۍ زِمیانہ باپت باہ پور کانگرا اکھ مےٚ چھ بڑٕ شوق دپان یہٕ چھ مأرۍ منز تہٕ سبٹھاہ وُشنۍ آسان'۔مےٚ رٔٹ بابہ صابس کرٕ کانگر تہٕ نکہ لالس کرٕ'' شیخ العالمؒ سنز کرامات ناوچ کتاب۔اوٗ تام اوس اختابن زنتہِ پانس پکھرِ بل سونہ وٲنس منز غوتہٕ کوٚرمت یوتام أسۍ گاڈِ کھٔتۍ سٕہ اوس بالوپٹۍ گومت۔

